# اِلہامِ حق

(کأشِر شعرِ سۆمبرن)

مصنف

عبدالسلام مرازی

ناشر: فاطمہ بیوہ عبدالسلام مرازی

کتابہِ ہنٛد ناو : الہامِ حق

مصنف : عبدالسلام مرازیؔ

کمپیوٹر کمپوزنگ : گورمیت سنگھ #9906963854

مول : پانٛژھ ہتھ

چھپن ؤری : 2023ء

پریس :

# فہرست

# گوڑ کتھ

یَتھ سانہِ کوٗنگہِ وارِ چھ کوٗنگہِ پوش وو پدان یم لولہٕ آگر گٔے سأنۍ گونمات تہٕ کوٗنگہِ وارِ گٔے سأنۍ واکھ شُرکہ تہٕ وَژن۔ شاعر یہٕ کیٚنژھا ہأسران سونچان تہٕ محسوس کران، تِتھ چُھ لفظن ہُنٛد جامہٕ وَلان۔ شاعری چھےٚ زندگی ہِنٛدِس پرتھ چیزس منٛز جاے دِوان۔ ماجہِ کٔشیر چھِ وارِ یاہ اولیا تہٕ فقیر پننہِ کوٚچھہِ اَنٛد ربأدٕ کٔرۍ متۍ۔ یِمن منٛز چُھ عبدُ السلام مرأزی صأب تہِ پَنُن اَکھ اہم مُقام تھوان۔ سلام صأب مرأزی چھ ۱۹۳۶ء منٛز پالہٕ یارٕ بلہٕ صفا کدلہٕ زامتۍ۔ یِہُنٛد بابہٕ صأب یُس اکھ خودا دوس تہٕ اوس، اُسی نبہٕ صأبس (گاندربل ژھندَن) نِش یوان گوٗھان تہٕ پننہٕ نِس فرزندس تہٕ اُسی سٕتی نوان۔ تقریباً ۱۸ؤہری اُسی مرأزی صأب تہٕ یِہُنٛد ملاقات سیٚد صوٗفی شاعر صمد میر صأبس سٕتی، صفا کدلہٕ کٔس مہد بٔنہِ گرِ۔ مرأزی صأب رُؤد ژون ؤرِیَن صمد میرنِس صحوبتس منٛز یوان گوٗھان تہٕ گٔرکھ یِمنےٚ نِش دستِ بیت حأصل۔ اَمہِ علاوٕ کوٚر رواریہن خودا دوستن سٕتی عبدالسلام مرأزی صأبن ملاقات یِمن منٛز وَہاب صأب بِہامی، رحمان صأب بانٛڈے باغ، غفار صأب کرال، کمال صأب کچھے، غلام نبی صوفی صأب (صفا کدل) تہٕ عبدالرحیم وأنۍ صأب (پلوامہ مُرن) شأمل چھ۔

عبدالاحد صوفی المعروف احد چالاک یم مائسمہِ مہاراج بازرٕ روزان اَسی، یمو کرنو مرأ زیٓ صأب بڈگام (کریم شار) کس عبدالرحمان دھوبیٓ صأبس ستی ملاقات۔ عبدالرحمان دھوبیٓ صأب یم صمد میر صأبنی طالب اَسی، اَسی امہِ وقتہٕ مائسمہِ ڈیرس تہٕ مرأ زیٓ صأبن گرٲ خرس یمنے ستی دستِ بیعت تہٕ رۄ دی راہِ نبیؐ یکی فأض حأصل کران۔

عبدالرحمان دھوبیٓ آیہ امہِ پتہٕ عبدالسلام مرأ زیٓ نس اسرارس پٹھ صفا کٔدل پالہِ یارٕ بل بسنہِ یمو اَخر انتقال کوٚر۔ عبدالسلام مرأ زیٓ صأبس ییلہِ عشقنی نارن وِتش دِژ یمن لٔج شعر وٕزٕنی۔ اَمہِ پتہٕ رۄ دی یم شاعری کران تہٕ پٔنن وونہٕ لٔژ راوان۔ یہنز شاعری سام ہیتھ چھ تگان بوزُن زِ یہندس کلامس منز چھ ترنُم تہٕ میچھر جایہِ جایہِ نظرٕ گوھان۔ یہُند معنی مفہوٗم چھ سبٹھاہ سرٕ ون تہٕ وزن دار۔

لا تہٕ اِلااللہ مَنٕہ للہِ نووٗم
دِل پَرٕ نووٗ نفی اِثبات
شاہ توسہِ وانس پَن مے تورُم
دِل پَرٕ نووٗم نفی اِثبات



ژٕ ے چھکھ ہیرٕ تے ژٕ ے چھکھ بوٚن
ژٕ ے چھکھ مِلیتھ شبن طرفن
سأرِ ہے چأنی چھے مِلوَن
مدنوار میوٗن مسا وُچھوَن



مائِہ وُچھنے درایہٖ عاشق تیل ئٹو
مائِہ وُچھنے درایہٖ عاشق تیل ئٹو
گرایہٖ ماران گنہٖ دُورَن پَرِدٕ ٹٹو
لولہٖ ناوے سأل کرنے مٔنزی ڈٔلی

مرأزی صأب اوس پَنہٕ نہِ گرُک گذارِ سبٹھا کم آسنہٕ باوُجود پگہٕ ناوان۔ مرأزی صأبن چھ برادر محمد یوسف مرأزی۔ یم أسی پَنہٕ نِس برادرس ہمیشہٕ ئستی پگہٕ ناوان تہٕ پانہٕ وأنی چھکھ بأے بندُت۔ محمد یوسف تہِ چھ باپر اِنسان۔ یمَن تہِ أسی رحمان صأبِ دؤبس ئستی دَستِ بیت۔ مرأزی صأبن چھےٚ ژورکورِ تہٕ زٕ نیچوِ ی۔ یمَ سأری چھ فرمابردار تہٕ لولہٕ وألی۔ مرأزی صأب چھ بظأہر اُمی مگر یہندِ کلامُک مطالعہٕ کرِتھ چھ ننان زِ یمَو چھ بأطنی علم حأصل کوٚرمُت ییمہِ ئستی یمَو پَنہٕ نبن تجرُبَن زبو چھےٚ دِژہمو۔

مرأزی سلام صأب دژاے ۱۷ ماہِ جمادی الاول ۱۴۴۳ھ بروزِ منگلوار بمطابق ۲۲ دسمبر ۲۰۲۰ء نقل مکأنی کرِتھ۔

| | |
|---|---|
| مرأزی سلامو سَن پأنی پأنس | یارِ جانانس ئستی ئستی روز |
| زُو جان وَندتو نبیؐ نُورانس | کأٹی چھ پیترَن پأنی پأنس |



# یُتھ نو

گو چُھکھ خوامخواہ ماران ژھوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

نَے تتہِ رات تَے نَے تتہِ دوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

ورشُن باغس فُلیاہ چھو
ورشُن چانہِ مارِ کُورو ژھوہ

یُمبرزل پھُلی تھِے آیہِ ہرسو
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

وَنہِ وَنہِ ہا وَن چُھم دُور
عشقنِ نارن زول منصور

زِ ژِ اکہِ ستی ثُمی زولنئے کوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

عشقنِ گتھ باوے پوٗر
کھونہِ للہِ ناوتن یاوَن ژوٗر

لولہِ منز لللہِ وِتھ گرِس ہو ہو
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

اَنْدکُن گنزرِتھ تراو زِ تہِ ژور
حبسہِ روز موکر چھوٗنے دور دور

ژور یون ترأوِتھ گرِس لوہ لوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

دوہ گو صُبحُ، رات گے شام
بسنے اور ژام خَیرُوا الانعام

مَنہِ کُے گُفتار گنہِ بوز تو
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

لا تہِ اِلا اللّٰہ ییمہِ دِلہِ جانہِ پوٗر
پُلہِ صِراتَس تارے توٗر
عاشقس ہیو چھے رات تے دوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

مَرأزَی سلامو مو بَر غم
یارَس سیتی روز ہَر دَم
جامہِ جَم چوونگھ بَرتو ژھوہ
یُتھ نو ہارس سپدی پوہ

☆

# کاٹِں چھ پبتھرُن

گوٗ چُھکھ لایان تھوکہٕ آسمانس
کاٹِں چھ پبتھرُن پاٗنی پانس

مو روز مأیِل ستۍ شیطانس
کاٹِں چُھ پبتھرُن پاٗنی پانس

فَثَما وَجھُو وُچھ منٛز قرآنس
اَحدٕ پیانس ستۍ ستۍ روز

اومید برَتو ستۍ یزدانس
کاٹِں چُھ پبتھرُن پاٗنی پانس

دٔردِچہٕ یِیے چھم وَزان پانس
گنٛوے بوزَکھ منٛہ کٔے سوز

ساٗلِک چھ ماٗلِک لاہ مکانس
کاٹِں چُھ پبتھرُن پاٗنی پانس

اَولے تکبیر پٔور تیٖمی پانس
صاحِبہٕ زانس تٔمی پٔشرو و پان

مُنتظِر روز تو تس دُردانس
کاٹلِ چھ پتہ‌رُن پأنی پانس

یارَن ترووُنس منز ٔییستانس
ناحق طرفَن فیرُن پیوم

حسبے روز تو واتگھ عیانس
کاٹلِ چھ پتہ‌رُن پأنی پانس

پأری پأری لگہِ ہاٹس قُرآن خانس
گلٔے تجۭید گوشن گوم

شَرفُ الُمکان دِل مکٔین پانس
کاٹلِ چھ پتہ‌رُن پأنی پانس

لا تےَ الااللّٰہ ییمی سۆر پانس
باغِ عرِفانس وأتتھ گو

نمرُوُد ہندی دَم چھکھ دِوان پانس
کاٹلِ چھ پتہ‌رُن پأنی پانس

شاہباز وُچھمے شاہ مےٚ پانس
پادشاہ باغ تَن نأوِتھ گوس

باہوش رُوزِتھ سَن اَفسانس
کائی چھ پہترُن پأنی پانس

مَرأزیٓ سَلاموسَن پأنی پانس
یارِ جانانس ستیٚ ستیٚ روز
زُو جان وَند تو نبیؐ نُورانس
کائی چھ پہترُن پأنی پانس



# بأٔلی تمبہٕ لاوان

ژُورِرُوزِتھ کیازِ چھم روے ہاوان بأٔلی تمبہٕ لاوان
نالہٕ مَتہٕ رَٹھن وَند ہَس زُوجان بأٔلی تمبہٕ لاوان
ژُوپور طرفن کوٕ پھیرِناوان ناحق تھکہٕ ناوان
قوربان لگہٕ ہَس بنہٕ نا یکسان بأٔلی تَمبہٕ لاوان
صَلوات دوہ تے رات پَرِ ناوان طوفان چھے گنٔزراوان
حبس ہوش بَرپُور دِتھ بُنَن انسان بأٔلی تمبہٕ لاوان
ؤستوٗرِ وَنِنے تَن چھس ناوان طوطہ چھُم بولہٕ ناوان
عشقنہٕ سَرَے ناو پکہٕ ناوان بأٔلی تمبہٕ لاوان
قَشَمَہ وَجِہ، تاکیِد گری گری گوٕ چھُم ازماوان
نوقطہٕ چون چھس للہٕ ناوان بأٔلی تمبہٕ لاوان
یارِ سُند گُفتار وٕندِ للہٕ ناوان پوٗت أسی زِنہٕ فیران
ہر دم دمبے ستی تھاو تو زان بأٔلی تمبہٕ لاوان
مَرأزی سَلامَن ؤچھ نُورِ اَنوار ژُوپور چھُے تابان
دامان چون چھم بَرسَر شوبان بأٔلی تمبہٕ لاوان

☆

# غأرزانس

سوکھ موکھ بار پیوم پانس
بأوِتھ ما ہیکہٕ غأر زانس

ووٗمید چھس برَان احسانس
بأوِتھ ما ہیکہٕ غأر زانس

شوقہٕ سِان لارٕ ہا سُلطانس
موہَر چھم مےٚ ہر تانس

پرٚ چھُم بہِتھ کوہِ مارانس
بأوِتھ ما ہیکہٕ غأر زانس

لا تےَ اِللہ چھُم مِیانس
تھف چھِم چائِنس دامانس

پأری بہٖ لگہٖ ہا ناز پانس
بأوِتھ ما ہیکہٖ غأر زانس

ہر بربسوارِ دِلہٖ جانہٖ لار
حاجَت مَنٛدَن چھُے فأض میلان

سَرخَم تھاوتَم کُن پانس
بأوِتھ ما ہیکہٖ غأر زانس

مُقامِ بُمہٖ زُو دَمہٖ دَمہٖ لار
علمدارؔ چھم بُستھ مَنٛز ژار

آبِ زُلالہٖ ستیٚ تَن ناوَس
بأوِتھ ما ہیکہٖ غأر زانس

حضرَتِ أمیرؔ ییٚلہِ کشیرِ آو
کُفرَس تَمہٖ وِزِ گو مِسمار

اَوراد چھے دَرکار اِنسانَس
بأوِتھ ما ہیکہِ غأر زانس

مَرأزیٓ سَلامَن کوٚر اِظہار
اَمرِ مورشِدَس روز تَن دار

تَظراہ گُرنم گم ذاتس
بأوِتھ ما ہیکہِ غأر زانس

☆

# کیٓاہ چھُم خطاہ

گوٗ یارٕ ترووتھس بوٗ سرِ راہ
پاسِ لِاللہ کیٓاہ چھُم خطاہ

کاستم اَز میےٚ فِکرٕ تہٕ راہ
پاسِ لِاللہ کیٓاہ چھُم خطاہ

گُلمے چونٔے مےٚ سوٚرُم
پانس بِدُون زانٔھہ ما کوٚرُم

وومید چاٗنی چھَم برپاہ
پاسِ لِاللہ کیٓاہ چھُم خطاہ

ژٕے حَض نَبیَن ہُنٛد سردار
دوشوٕنی عالمن چھو غمخوار

نُوران چونے سارِنے گواہ
پاسِ لِاللّٰہ کیاہ چھم خَطاہ

دَردَے چانے گرِ بوٗ دراس
زانُہہ ما زوٗنُم عام تَے خاص

دَردِل لَلّٰہِ وان چھُس دوداہ
پاسِ لِاللّٰہ کیاہ چھم خَطاہ

گُمان زانُہہ ما مےٚ یوٗرُم
پوٗز تَے اَپُز ما مےٚ سوٗرُم

وَنٛدِ نار لَلّٰہِ وان رِپی شوٗبیاہ
پاسِ لِاللّٰہ کیاہ چھم خَطاہ

پانس تکبیر مےٚ پوٗرُم
سَرِ خَم مےٚ کأنسے ما کوٗرُم

سَرِ راہ ترأوِتھ کیاہ، چھے نَفاہ
پاسِ لِاللّٰہ کیاہ چھم خَطاہ

پِی مےٗ بووَنم زانۂ ﭘﯿﮯ
تِی لَلّہٕ نوو میأنٛ پانۂ ﭘﯿﮯ

سأٲلِک چُھ مأٲلِک ، بے نَواہ
پاسِ لِاللہ کیّاہ چُھم خَطاہ

مَرأزیٚ سلام دَر اِنتظار
پاسِ نبیؐ دِی توم دیدار

مَرنُے چُھم مےٗ اَز یا پگاہ
پاسِ لِاللہ کیّاہ چھم خَطاہ



# چُھس ووميدوار

یارَس پَنہٕ نِس پَتہٕ ژٕ لار
وِزِ وِزِ رَحمتس چُھس ووميدوار

یار مُقام اَن ژَندَن دار
سِرٕ پأٹھی اَتھ ژٕ دِیوٗ نار

دَمہٕ دَمہٕ دَمِس روز دَمدار
وِزِ وِزِ رَحمتس چُھس ووميدوار

سِرٕ پأٹھی نَفسِ اَمار مار
سَرَس تار دِیوٚن رِنْدَن کار

حبسہٕ روز مو کرٕ چُھوٗئے گُفتار
وِزِ وِزِ رَحمتس چُھس ووميدوار

سُودَس کوٚرنَم یُود باپار
عشقٕنے تبرے ژَن ژٕ دار

حبسہٕ روز گرژَن دُور اَغیار
وِزِ وِزِ رَحمتس چھس وومیدوار

دوٗپمس وَنتو نٔفس کیاہ گو
زلنہِ سۓ یَس اَکس مارُن پیوٚ

وِزِ وِزِ سومبرُم اَمبرے دار
وِزِ وِزِ رَحمتس اُچھس وومیدوار

یامَتھ کوٚرنم مےٚ بَس بَس
تامَتھ چووٗنس لولُک مَس

اَدِ بو نیوٗنس ہر دَربار
وِزِ وِزِ رَحمتس چھس وومیدوار

مُومنَس ہیوٚ چھے نُور تَے نار
دَرمَن دَزان چھس عشقُن نار

مُہہ بَنْد تھاُوِتھ سَرتَن غفار
وِزِ وِزِ رَحمتس چھس وومیدوار

سَرَن تھوٚد چُھے سون سردار
یَس خطاب چُھے نبیؐ موختار

ژوپور عالمن ہُنْد غمخوار
وِزِ وِزِ رَحمتس چُھس وومیدوار

مَرأزیٓ سلام چُھے گران اِنتظار
یار تےٚ دوست ہیتھ اَز دِ تار

نظرے چانے پھولَن گلزار
وِزِ وِزِ رَحمتس چُھس وومیدوار



# کائنسہِ مابوُوم

وَنہٖ گس سَنہٖ گوم کائنسہِ ما بوُوم
ژیٔے روٗس کائنسہِ ما بوُوم حال

ژون طرفن پان فِرنوُوم
ژیٔے روٗس کائنسہِ ما بوُوم حال

زِ تہٖ ژور شٔے تہٖ پانژ اَندگن تروُوم
تِلہٖ گوگل بَنہٖ تھوُوم شُمار

اوم پَن گُتی گُتی یام اَبسوُوم
ژیٔے روٗس کائنسہِ ما بوُوم حال

راہ کیٛاہ کھولنم تی پبتروُوم
دوٗ پنم یوٗ دوَے ژبتس تھاو

مَنہٍ کُے سوزِ دِل گنہٍ بوز نوۇم
ژینے روس کائسہِ ما بوۇم حال

طُوفانس مَنز ژونگ مےٚ زوُلم
حبہٕ روز ژھیتہٕ پنہٕ گری واو

سِرٕ پأٹھی اغیار دُور کر نوۇم
ژینے روس کائسہِ ما بوۇم حال

رَہبَر یارَن سپر یام بوۇم
تنہٕ مےٚ دِلہٕ ہیے ژوٗل آمہٕ تاو

ساس تَے ہَتھ جمع ما تھوۇم
ژینے روس کائسہِ ما بوۇم حال

لا تَے اِلاہ ییٚمہٕ سَرٕ کوٚر
زِندٕ پان پانس تُمی تکبیر پوٚر

رِنڈَن آسان چھے یِی کار
ژوپور عالمن چھکھ غمخوار

ہوش کر پانس بَن روزدار
گھش کر نفژن تَن ژِے دار

سَتہٕ سوسَن پَن مےٚ یام اَبسوۄم
سوٚمبرِتھ کوٚرمس اَکھ شُمار

ووۄرِی وانۍ تھان ووتھۄم
ژیٚنے روٚس کائسہٕ ما بوۄم حال

دَردَن مَردن ستۍ پھِر نوونَس
دوٚپنم یوٚدوَے غوصہٕ غم ترٛاو

مَرِنگ وَسواس زانِہہ ماتھوۄم
ژیٚنے روٚس کائسہٕ ما بوۄم حال

داماں چون ما زاثہہ یَلہٖ تڑووُم
ووِمید چاأنی چھم سَرو پاے

درۏدِ حضۏرؐ مَنہٖ للہٖ نووُم
ژیٚنے رہس کاۂسہِ ما بووُم حال

سوکھ موکھہٖ یارَن بَر یَلہٖ تڑووُم
اَدِٕ مےٚ بووَنم دِلہٖ گُے حال

مرأزیٓ سلامن باغاہ چھووُم
ژیٚنے رہس کاۂسہِ ما بووُم حال



# عَرضا کر

ووتھ تو غافِلو گنڈ کمر	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر
تَس چھی نُورٕ ستی بَرِتھ دَفتر	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر

یوٚ دوٚے رَنٛدٕ دِیوٚ گنٛدٕ سمسارس	یُود تَے بَقا نَنی پانَے
ہر کُنہٕ دَفتر چھے اَفسر	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر

دِل تھاو باہوش عَرضا کر	ژُو پور ووُمیدوار گرِ مُنوّر
یُتھ نو روزی چھوٚنَے پرٕ پرٕ	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر

نُبِیَن اوٚنہٕ نَے تھوٚد سردار	ناوِیَس وَنان نبیؑ موختار
با اومید رُوزِتھ تاری تر	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر

مَرأزی سَلامو دِل مو ہار	ستی ستی چھے نبیؑ تاجدار
یار دوست ہیتھ کری مُنوّر	نُبِیَس پَنہٕ نِس عَرضا کر



# چُھکھ غمخوار

ذاتَن دِیتئے ژےّ قرار
ژوپور عالمن چُھکھ غمخوار
خطاب چونے نبیؐ تاجدار
ژوپور عالمن چُھکھ غمخوار

لول گو یارس وُچھہن یار
دون ہُند میلُن گو مِلوار
تِتئے عالمس آو قرار
ژوپور عالمن چُھکھ غمخوار

اُلِف ڈیشتھ آو مےٚ قرار
ب گو ڈیشتھ روز با قرار
ت یک توکل بوز اِظہار
ژوپور عالمن چُھکھ غمخوار

ج مکہ برکتہ آو قرار
أِلفَس نوقطِ پیُو م گو تیَار
دالے ڈہیشتھ بَن با قرار
ژوپور عالمن چھکھ غمخوار

لا تَے الا یَیمِ سرِ کوٚر
زِندٕ پان پانس تمی تکبیر پوٚر
زِندن آسان چھے یی کار
ژوپور عالمن چھکھ غمخوار

ہوش کر پانس بَن روزدار
کھش کر نفسن تَن ژے دار
یُتھ نو روزی چھوٚنے گفتار
ژوپور عالمن چھکھ غمخوار

مرأزی سلامن کوٚر اِظہار
رحمت چاأنی چھم بے شُمار
محشر نہِ مأدلنہ دی زِ اَسہِ تار
ژوپور عالمن چھکھ غمخوار

☆

# مَنْزترووَنس

پَتہٕ یارَن یام فِرنووَنس
عشقٕنس منْزلِس مَنْز ترووَنس

مَنہٕ کُے سوز بہٕ گنہٕ بوز نووَنس
عشقٕنس منْزلِس مَنْز ترووَنس

عشقٕے ھُو تَے عشق چُھے اللہ
دَمہٕ دَمہٕ اُتھی ستی روزتو وَاللہ
غَمَس شادے مِیوٚل کر نووَنس
عشقٕنس منْزلِس مَنْز ترووَنس

عشقٕے حاضِر تَے ناظِر
عشقَس وِزِ وِزِ روز مُنتظِر
عشقَن عشقُن سوز بوز نووَنس
عشقٕنس منْزلِس مَنْز ترووَنس

عشقے صُبحوٗ عشقے شام
در دِل سَرتو خیرُالانعام
عشقہٖ سِتی وۄن دِتھ آس شامَس
عشقنٕس منٛزلِس منٛز ترووٗنَس

مَرٲزِ سَلامو غم مو بر
وِزِ وِزِ یارَس دۄرُ ودَہ پر
وِزِ وِزِ تَس پتہٕ سَر تروومَس
عشقنٕس منٛزلِس منٛز ترووٗنَس

☆

# مُلکِ کشمیرِ س

صُحمن پرواز گرنے دژاو
مُلکِ کشمیرِس پھیرِتھ آو
وُچھتن گرے نبر ما دژاو
مُلکِ کشمیرِس پھیرِتھ آو

گتھ مے بأونم یام یارن
دِل مے زولنم نُورِ اَنوارن
روے نے هاوبم روزبم گژاو
مُلکِ کشمیرِس پھیرِتھ آو

لا تے اِلااللہ سُرِتھ گوس
پانس تکبیر پرِتھ گوس
لول رَٹھ درمن مو لاگ کاو
مُلکِ کشمیرِس پھیرِتھ آو

ھُو تَے اَللہ رَٹھ دَرمَن
وِزِ وِزِ لَلّہٖ ناو لولُک سونَن
یِیتہٖ کُے اوس توٗتے دژاو
مُلکِ کشمیرٕس پھیرِتھ آو

بانگہِ بلالؓ ییٚنہٖ گُیم گنہٖ نِے
وُچھتہٖ تنہٖ پیٹھ ما چھُم ژھینہٖ نِے
پانو ما بر چھوٚنے چِکہٖ چاو
مُلکِ کشمیرٕس پھیرِتھ آو

حبس تَے ہوش پانس تھاو
ہوش کر یُتھ نو پوری واو
پُلہِ صراطس تار دِتھ آو
مُلکِ کشمیرٕس پھیرِتھ آو

یار تَے دوست چھِم بسیار
وُچھتہٕ کانٛہہ ما بکار آو
سِر پأٹھی زِیر بم ژِے شولہٕ ناو
مُلکِ کشمیرَس پھیرِتھ آو

گُر تھاو نوختَس یَلہٕ مو تھاو
مَن تھاو بیدار برونٛٹھ پگہٕ ناو
ذِکر تَے تسبیح ژِے اَنٛد تژاو
مُلکِ کشمیرَس پھیرِتھ آو

عشقُن دودَہ چھُے مَردَن
یار مو روزبم تَل پَردَن
مورشِد چون نبیؐ تاجدار آو
مُلکِ کشمیرَس پھیرِتھ آو

مَرأزیؔ سلامو غم غوصہِ تڑاو
رَحمتکؔ نبیؐ اَسہِ کُن آو
یارَن پَنہِ نی دِتےُ ٹھہراو
مُلکہِ کشمیرَس پھیرِتھ آو

☆

## سوکھ موکھ

سوکھ موکھ یُس لوٗگ طوٗفانس
دَگ تَس لَلہٕ وِنی چھے پانس

عشقُن مُنزِل چھے سبٹھاہ کریوٗٹھ
مانچھِ کھوتہٕ یارو کوٗتاہ میوٗٹھ
حال معلوم چھُے شاہِ خُوبانس
دَگ تَس لَلہٕ وِنی چھے پانس

عشق اَوَل عشق آخر
عشقے ظاہر تے باطِن
عشقے بیوٗتھم لا مکانس
دَگ تَس لَلہٕ وِنی چھے پانس

دَمہٕ دَمہٕ لَلّہٕ وَکھ یوٚد ژٕرے ژےَ
گوڈٕ أپنِس کاستوٗ گَھے
جان چھےٚ بُستھ اَنٛدَر جہانس
دَگ تَس لَلّہٕ وٕنی چھےَ پانس

وَرٕدے آو تےَ وَرٕدے دژاو
وَرٕد سٕتی مَردَن گو مِلاو
دَمدأرِی وٕڑو کوٚر آسمانس
دَگ تَس لَلّہٕ وٕنی چھےَ پانس

ت سٕتی توکلِ چھُ یارس
وٕزِ وٕزِ روز تَس اِنتظارَس
یُتھ نو فرق روزِ أکِس آنس
دَگ تَس لَلّہٕ وٕنی چھےَ پانس

☆

# پَنۂِ نُے پان

اَصلَس ہتی روز وَچِلچ کر زان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنۂِ نُے پان
سَرِ ڑِے کرتو نفع نوقصان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنۂِ نُے پان

ھُو تَے اَللہ گوھ للّٰہِ وان
دَے ہو روزی مہربان
پانۂِ مُنڑی گوھ پان پَرزِ ناوان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنۂِ نُے پان

کاڑی ہو گوھِ قُل مَن عَلیُھَافان
وِزِ وِزِ روزتو یِی زانان
غاڑلو گتھ چِھے گف مو زان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنۂِ نُے پان

دَم دأری لِلّٰہِ وان گوھ عیان
پِوّت نو أسی زِنہِ پھیران
بے دَم روزُن گو نا انسان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنہٕ نے پان

زأنِ کارن نِشہِ گژھِ گرِنی زان
تَمہِ ستی دَردٕ نے چھے نالان
بے پردٕ روزُن ما گژھِ جان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنہٕ نے پان

خر گلس دستار گنڈُن ما جان
اصلُک نوقطا چھُے راوان
گف گتھ چھا بنُن اِنسان
دَم دِتھ سَرِ کر پَنہٕ نے پان

مَرأزی سلام تِس ناد لایان

گوشَو ہو پُچھے بوزان

اَصلُگ سامان پُچھے سوزان

دَم دِتھ سَرِ کر پَنۂ نُے پان

☆

# آدی آدی

عید چَھم ؤیسٔریے بَرٕنا شاؑدی
آدی آدی مُثِل ہَے گوم

عربس عجمس آیہٕ مَناؑدی
آدی آدی مُثِل ہَے گوم

حَق سیرٕ ھُو ژٕرے للّہٕ ناو
اَصلگ واعظ ژٕرے گوشَن تھاو

حقیقتہٕ نِشہٕ دژاے زبو راؑدی
آدی آدی مُثِل ہَے گوم

ناؑگر راے فیرٕنہٕ دژاو ناگراؑدی
پُرٕیہٕ وَنہٕ وُن گوشَن گوس

اَچھولہٕ پوشاہ درامُت ذاؑتی
آدی آدی مُثِل ہَے گوم

کریمن نامہِ حق باوان حأدی
عید ہُنُد ہلال وُچھنے دزاے
ژؤل غم شأدِیانہٕ ہتھ آیہٕ شأدی
آدی أدی مُبٕل ہے گوم

غمس تہٕ شادے میؤل چھے ذأتی
أکھ أکس حالہِ دِل أسی باوان
غُمس مِلٕوار شأدی فریأدی
أدی أدی مُبٕل ہے گوم

شاہ وار ژھانڈُن منز شاہ باد
ئیستائے ہو ہلال دزاو
عیدِ قوربانٕچ آیہٕ مَنأدی
أدی أدی مُبٕل ہے گوم

مرأزٓ سلام کیاہ چھے قأدی
یار چھے مے خانہٕ مے بأگران
چوونگھ داما بَلہٕ ئے دأدی
أدی أدی مُبٕل ہے گوم



# پاسبان چوئُے

پانو مو گوھ ژےے دِلگیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
ڈِلَین ہُنْد چھکھ مُعزز امیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
ذاتَن بَخشُمت چھے تھزر | لِلّٰہ کرتم اَکھ نظر
دیوِ پتھِ بنہِ ہا روشن ضمیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
دِس مے روٗشتم یارَنے | فیرِتھ آس اَنوارَنے
بخشِتھم سأری گوناہو کبیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
دِلہِ جانہِ سرتو کارے علیؑ | باغاہ چون پھولہِ ڈلی ڈلی
پأغام ہیتھ آم حضرتِ امیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
ڈِلَین ہُنْد سردار ڈلی | زورا وار حضرتِ علیؑ
تیمی پأنۍ پانس پوٗر تکبیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ
مرأزیٚ سلامو مو بر غم | دِمس یتی روز ہر دَم
رأضی ژےے چھے پَنُن فقیر | پاسبان چوئُے پیرِ دستگیرؒ

☆

# پھیرِنوونس

یارَن پَنہٖ نی دَس مِلہٖ نووُم — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس
غمو رؤس زانہہ ما کھیاونونس — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس

لا اِلا اِلااللہ مَنہٖ پرنوونس — گنہٖ بوزنوونس وَصلگ سوز
دَمدار دَمس ہتی مِلہٖ نوونس — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس

گَرِ پَنہٖ نے بو مارنوونس — بے غم روز تو بَن ہُشیار
ہندرِ پَنہٖ نے نار دیاونوونس — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس

دَردِچ نَے بہٖ یود واینوونس — زیرِس مَنز چھے پَچ تار
تنہٖ زانہہ ھُوکار یلہٖ ماتھوومس — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس

عَہدِ پَیمان یأرَی کرنوونس — ژھلہٖ اکہِ شیطان مارنوونس
شیطان سُند بر ییٔلہٖ ماتھوومس — اَدٖ بہٖ طرفن پھیرنوونس

نامہِ نبیؐ مَنہٖ للّہٖ نووَمس وِزِ وِزِ غمس پان تروومس
حیاتس حیأتی ما سورنوونس اَدِ بہٖ طرفن پھیرنوونس

صُمُن بُقمُن یام پرنوونس اُمیُن فہم دَرفُرکان
بیزان اُستھ زان کرنوونس اَدِ بہٖ طرفن پھیرنوونس

یار دوست ہبتھ پان پُشروومس ووِمید چأنی چھم بر جوش
مَحشرہِ مأدان تار دیاونوونس اَدِ بہٖ طرفن پھیرنوونس

پالہِ یارِ بَل مَنز پرارنوونس مَرأزی سلامو حبسے روز
عہدُک پیمان یَلہٖ ما ترٗوومس اَدِ بہٖ طرفن پھیرنوونس



## شاہِ جیلانےؒ لو

ڈیڈ چانہ چُھس نالانے لو
پیرِ کاٰمل شاہِ جیلانے لو
چیرِ روٗٹھے چون دامانے لو
پیرِ کاٰمل شاہِ جیلانے لو

یام بوٗنم یارَن پنہٕ نُے سپر
عالمک پیر یَسِ وَنان دَستگیر
تِتھے دَردٕ نَے چھم نالانے لو
پیرِ کاٰمل شاہِ جیلانے لو

شاہ شاہَن چُھ پانہٕ بادشاہ
وُچھتہٕ ژٕے ہیوٗ دوٗیم ما کانٛہہ
وُچھ ذاتَن بخشنے نوٗرانے لو
پیرِ کاٰمل شاہِ جیلانے لو

چُھ سارِنے شاہن پٹھ چون نِگاہ
ژےٚ راضی پانہٕ چُھے شیرِ خدا
چانہِ نُورِ عالم چُھے تابانے لو
پیرِ کامِل شاہِ جیلانے لو

یِژ کال لِلّہِ وان گوم دود چونے
دِتم جلواہ باغ پھوٚلہِ میونے
بے گاشن گاش بَنہِ یگ آنے لو
پیرِ کامِل شاہِ جیلانے لو

سَرِ راہ پیوٚمت چُھس غولام چونے
مَرٲزی سلامس زُونہِ کاستم گرونے
وارِ ہاوتم ماہِ تابانے لو
پیرِ کامِل شاہِ جیلانے لو



# پبتہٕ رن پیوم

| | |
|---|---|
| اَللہٕ کرمَن لکھتھے گوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| یِی تِمہٕ بوونم للّہٕ وُن پیوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| لوٗلے طرفن فیرٕن پیوم | دَردَن پردَن ژھاپہٕ ما گوم |
| رلیہٕ چانے پارٕ پارٕ گوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| اَزلے ژیٚنے ستی موم گوم | تھاجہِ سون مے کارُن پیوم |
| دَم ہبتھ گہہ وَچہِ کھالُن پیوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| سون سرتل بیوٚن ما تھاویوم | دوٚیوَ ستی یکسان گوم |
| اَکھ ستہٕ زٕ زانہہ ما گژھریوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| کارے علیؑ مَنہِ للّہٕ ناویوم | زرے پَنہٕ نے نار دیاویوم |
| یارَن پَنہٕ نی نار سَپدیایوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| برتل چانے سر تراویوم | غارَس حال مے ما باویوم |
| اَلِفُک اَسرار وِندِ للّہٕ ناویوم | بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |
| اَلِفہٕ قدٕسے گُھم ہو گوم | مَرأزی سلامس یادٕ ہا پیوم |
| ناگے چانے داماہ چوم | مہٕ بأَلی پانس پبتہٕ رن پیوم |



# رأضی کرتن

قأضی نکاح لکبھ با اَسرار
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار
وینِس پَنہٖ نِس روز تن دار
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار

اَزلَے دِتھ آو واعدٕ اقرار
بالہٖ پوٚت پھیرنس ما وار
عالمن تھوٚد چھے سون سردارؐ
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار

یارَس یارَس گو مِلژار
گتھٕ نے میانبن معنے ژار
لوٗلَے سوٚمبراو اَمبری دار
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار

لوٗلن عاشق گری رِگرفتار
قولہٖ سور فیران ہر دَربار
برپُور رُوزِتھ با اَختیار
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار

مرأزی سلام وُچھ نُورِ انوار
دونوٗنی عالمن ہُند پاسدار
ناویس دَیان چھی نبیؐ تاجدار
رأضی کرتن پَنہٖ نُے یار



# لولس لوئے

وُچھتو حُسنے کم رَنگ ہاوان
لولس لوئے پَرزِ ناوان
گاہے غم یا شاُدی ہاوان
لولس لوئے پَرزِ ناوان

عشقِے طرفن چھے فیرناوان
منصورِ سُند اَن پرناوان
دَم دِتھ اَناالحقّ پرناوان
لولس لوئے پَرزِ ناوان

اَمہِ شاہِہِ پپرَس روٗشمے داماں
سِیرِ حقّ یام مےٗ کوٗرنم بیاں
غاُر زانس یوٗد تمی گرنم زان
لولس لوئے پَرزِ ناوان

مَنہٕ سَر پَنہٕ نُے گژھ تن ناوان
کوشر ناگ روز آب فیرناوان
راوچہٕ روزتو روز باغ سَگہٕ وان
لولس لوئے پَرزِناوان

وُچھ عشقہٕ پیچان رَزِ پان کھالان
پوٗت ما چھُے پھیران
صُبحک شبنم روزان چھاوان
لولس لوئے پَرزِناوان

یارَنِ یار کھول لامکان
مَراٗزیٚ سلامو روز ژِے وُچھان
ہیٚرِ یون فیرِتھ لوٚگ ما اَکھ آن
لولس لوئے پَرزِناوان



# غمس تہٕ شادے

غمس تہٕ شادے میوٚل اوس پرونے　دماہ از پتہٕ سویے
گاہے وڈن گاہے اسونے　دماہ از پتہٕ سویے
صُبحک آفتاب کیاہ شوبونے　ژوپور چھے تابہٕ وویے
دونوٚنی عالمن چھے، گاشہٕ راوونے　دماہ از پتہٕ سویے
جاناوار گوڈٕ گوڑ پنونے　پرواز گوڈٕ کرویے
دم ہیتھ سُدرس لال کھالونے　دماہ از پتہٕ سویے
مورشید پاکن یی مے وونے　تی گوڈٕ منہٕ لَلہٕ وویے
کم بانس نو سپر باوونے　دماہ از پتہٕ سویے
پرٛدی تے پنُنہٕ بیوٚن نہٕ زانونے　چین با چین گوڈٕ وسویے
عشقن سودا مولہٕ وونے　دماہ از پتہٕ سویے
کار مُشکل گوم بار للہٕ وُونے　بالہٕ وتَرونے پیوم
غم کھیتھ سلامتن یارس وونے　دماہ از پتہٕ سویے

☆

# دَرصحراو

بُولوُن گُستوُر زوُر گومُتّے
چھس پیومُتّے دَر صحراو
ہاو تےَ باو ما چُھن کرومُتّے
چھس پیومُتّے دَر صحراو

لوسنَس آفتاب چُھم واتہٕ ووٕنےٚ
لااللہ نظرے نِگاہ تھاو
دامانہٕ چون ما ییٚلہٕ ترومُتّے
چُھس پیومُتّے دَر صحراو

دَردِ چہٕ تریٚکرے چُھم تُولمُتّے
زانہٕ ما تھاوہٕ چھُنہٕ ژےٚ گراے
تریٚکرے پن ما چُھم مےٚ اومُے
چُھس پیومُتّے دَر صحراو

تھزِر پیٹھے چُھس پیومُتُے
تھکِتھ ما کرِ بیدُون پرواز
تھزِرس سُلطانؒ چھم بسوونُے
چُھس پیومُتُے دَر صحراو

حبشُک بلالؓ کیا شوُبوُنے
کنَن یامَتھ گَیم اَذان
سوکھ موکھ اَناالحقّ ما وَنوونُے
چُھس پیومُتُے دَر صحراو

سالِک چھ مالِک کمی اکھ زونُے
مرازی سَلامو روز ہُشیار

☆

## وومید تھاوتو

یارَن فِرؤس زَر زَرائَس
وومید تھاو تو شفاعتس
حَیأتی سورِ ما حَیاتس
وومید تھاو تو شفاعتس

یارَے دودُے کریؤٹھ کوٚتاہ
سَفرے عشقےٖ میؤٹھ کوٚتاہ
جِسمہٖ سأتی لول بر جہاتس
وومید تھاو تو شفاعتس

دَردَے سأتی گوس نِشہٖ مَردَس
عشقُن آیہٖ سوٚرُم تَل پَردَس
رِندَے کھوٗژِ ما جہاتس
اومید تھاو تو شفاعتس

گوڑ کینہہ پانہٕ ژٕ حاصِل کر
مَرنے بروٹھے مَرنُے سَر
وَصلک بیول وَو ہر ساتس
اومید تھاو تو شفاعتس

وَصلک واٲصِل چھے وٕصل دار
خطاب تہند چھُے نبیؐ موختار
دِلہٕ شِلہٕ لول بر شُشجہاتس
وومید تھاو تو شفاعتس

دَمے سأتی روز دَم دار
حبسہٕ روز یتھ نو ژھبنہٕ کرَکھ کار
سہٕ ہا چھے سأتی سأتی بہٕ ہر ساتس
وومید تھاو تو شفاعتس

نوقطہِ نائکی یام گوم پانس
زانہہ تہِ ما بووم غاَر زانس
دامانہِ رؤٹ مُت چُھم ذاتس
ووِمید تھاو تو شفاعتس

مَرأزی سلامو غم مو بر
نعتِ علیؑ دَمہِ دَمہِ سر
لولا برتو اَتھ کھاتس
ووِمید تھاو تو شفاعتس



# یا نبیؐ ییتہِ اَز

وَقتے صُبحَن گوس نیرِتھ
شہرن یتہِ گامَن آس پھیرِتھ
ژ‌ٔوپور طرفن نورانہِ چون

یا نبیؐ ییتہِ اَز سائے سون

دَمہِ دَمہِ دَر دِل چھس بَران لول
بوزتَم مےٚ آلو ژ‌ٔلہِ ہم ہول
ہر وِزِ رُوزِتھ چُھس غولام چون

یا نبیؐ ییتہِ اَز سائے سون

اَلِفکہِ اَسرارِ ژ‌ٔوٗلُم زُونہِ گرون
دَر دَل چھم بُستھ کلمہِ چون
دَمہِ دَمہِ طرفن چُھس پھیروون

یا نبیؐ ییتہِ اَز سائے سون

دَمے دَم چُھس دَم لَلّٰہِ وان
پاسے لِااللہ کرتم احسان
ژے ہیوٗ کانْہہ چھا نُنْڈِ بون

یا نبیؐ پیٹھِ از سائے سون

لولا یوٚرمَے عشقہِ حرفَن
لکھِ تھےِ اوسُم یِہِ ہَے کرمَن
غاَر زان اُسِتھ بَنیوس زانہِ ووْن

یا نبیؐ پیٹھِ از سائے سون

ذاتَن دِژہِس چھے شاٗہی
پاسہِ لِلّٰہ از کر عطاٗیی
مَراٗزی سلاٗم چُھے غولام چون

یا نبیؐ پیٹھِ از سائے سون



# وسیلَے ہبتھ چُھسن

ڈیڈِ تل چاِنے چھس نالانَے لو
وٗسیلَے ہبتھ چھس شاہِ جیلانیؒ لو

ڈاے کھأر یونہِ دۄ دبہ یگ آنے لو
وٗسیلَے ہبتھ چھس شاہِ جیلانیؒ لو

شاہِ جیلانسؒ آو فرمانَے لو
مُلکِ کشمیر آو لارانَے لو

با اومید چھس پیارانَے لو
وٗسیلَے ہبتھ چُھس شاہِ جیلانیؒ لو

بُستی منز چھم بُستھ بُسکین لو
تۆنے نَے مے چھم نالانَے لو

پاسہِ لِلّٰہ کر احسانَے لو
وٗسیلَے ہبتھ چُھس شاہِ جیلانیؒ لو

عشقہِ سونٛدرا چھ پیارانۍ لو
کلمے نبیؐ چھ ژھارانۍ لو

نُورے اَنوار چُھ شولانۍ لو
وُسیلۍ ہبتھ چُھس شاہِ جیلانۍؒ لو

مُلکِ کشمیرٕ دِتنۍ ژ۪ے جاگیرٕ ے لو
لَل عارِف سُلطان چھ باضمیرٕ ے لو

تۍنۍ لَلّہٕ وانِ چھ یۍمۍ سیرٕ ے لو
وُسیلۍ ہبتھ چُھس شاہِ جیلانۍؒ لو

ذاتہِ پاکن دِتنۍ ژ۪ے تھزٕ رے لو
اَسہِ بے بَسَن پتھ کر اَکھ نظراہ لو

مَرأزی سلاؔم چُھ نالانۍ لو
وُسیلۍ ہبتھ چُھس شاہِ جیلانۍؒ لو



# وسیلَے ہبتھ چھُس

ڈیڈِ تل چاںٔے چھُس نالانَے لو
وٚسیلَے ہبتھ چھُس شاہِ جیلانٔےؒ لو

ڈاے کھاُر یونہِ دۆ دبہ یگ آنے لو
وٚسیلَے ہبتھ چھُس شاہِ جیلانٔےؒ لو

شاہِ جیلانسؒ آو فرمانَے لو
مُلکِ کشمیرِ آو لارانَے لو

با اومید چھُس پیارانَے لو
وٚسیلَے ہبتھ چھُس شاہِ جیلانٔےؒ لو

بُستی مَنز چھُم بُستھ بُسکین لو
یَنَے ئَے مےٚ چھُم نالانَے لو

پاسہِ لِللہ کر احسانَے لو
وٚسیلَے ہبتھ چھُس شاہِ جیلانٔےؒ لو

عشقہِ سوندرا چھ پیارانے لو
گلمے نبیؐ چھ ژھارانے لو

نُورے اَنوار چھ شولانے لو
وٗسیلے ہبتھ چُھس شاہِ جیلانےؒ لو

مُلکِ کشمیرٕ دِتنے ژٕے جاگیرٕ لو
لل عأرِف سُلطان چھ باضمیرٕ لو

تنے لّلہِ وانِ چھ یئے سیرٕ لو
وٗسیلے ہبتھ چُھس شاہِ جیلانےؒ لو

ذاتہِ پاکن دِتنے ژٕے تھزٕ رٕ لو
اَسہِ بے بٔسن پٔٹھ کر اَکھ نظراہ لو

مرأزی سلاؔم چھ نالانے لو
وٗسیلے ہبتھ چُھس شاہِ جیلانےؒ لو



# گُلِمُک پاس

مَنز ظُلماتن وَلنۓ آس
اِللہ کرتم گُلِمُک پاس
تھاۓ ہوٚت ژے نِش لاران آس
اِللہ کرتم گُلِمُک پاس

گتھ مےٚ بأونم یام یارَن
فیرِتھ اوٚنہٕ نس مُلکہٕ اَنوارَن
اِللہ ہاوتم مےٚ راہِ راس
اِللہ کرتم گُلِمُک پاس

کھائُن اَللہ والُن ھُو
تأکید سَپدی پَنہٕ نُے رُوح
اَکھ لچھ ژوٗوہ چھم خاصانہٕ خاص
اِللہ کرتم گُلِمُک پاس

دَر مُلکہِ وُجُود یام بہ ژاس
ژورَن سائتی چھم اُکس اخلاص
ژِ چُھکھ ہنگ تے بہ چُھس نیاس
لِللہ کرتم گُلِمک پاس

یام مےٗ بوونم سیر یارَن
تتنے مِضراب مےٗ لوٗگ تارَن
سوکھ موکھ غائبِ آیم آواز
لِللہ کرتم گُلِمک پاس

سَرَن ہُنْد چھکھ ژِ ے سَردار
سارِنے عالمن چُھکھ غمخوار
ساری تراٗوِم ژے پَتہٕ دراس
لِللہ کرتم گُلِمک پاس

اَزلَے مےٗ تہٕ تس اوس اَتھواس
ژوپور عالمن فیرِتھ آس
آشے ءستی گاش ہیتھ دراس
لِللہ کرتم گُلِمک پاس

☆

# نُورِنُورانئے

ذاتَن پیدا کوٚر دُردانئے
ژوٚپور پھوٚل نُورِ نُورانئے

تس تہٕ مےٚ ازلے اوس یارانئے
ژوٚپور پھوٚل نُورِ نُورانئے

شریعت روزتو ژٕرے اَژورانئے
غم کھبتھ گژرُن سکہٕ دانئے

طریقت زانتو یکسانئے
ژوٚپور پھوٚل نُورِ نُورانئے

یارَن ہوونم غأبہٕ غأبانئے
تٔنۍ دَردِ نۍ چھم نالانئے

حقیقت نِشہٕ عقل راوانئے
ژوٚپور پھوٚل نُورِ نُورانئے

عأرِفَن تہٕ عاشقَن چھ یکسانئے
معرفت وِچھمے بأگرانئے

حَوضِ کوثر چھی چاوانَے
ژوپور پھوّل نُورِ نُورانَے

مَردَن ءستَیِ لاگ یارانَے
میخانہِ خانہِ مَے چاونَے پانَے

پیرِ کاعملَس رَٹھ دامانَے
ژوپور پھوّل نُورِ نُورانَے

غم شُد غم گژھ راوانَے
فِلاہ سَپدُن گژھِ فانَے

دُوربر مو تھاو اَکھ دانَے
ژوپور پھوّل نُورِ نُورانَے

شدرَس تھِہ دِتھ وَس فِلحال
وَمدار بُنہٕ تھے کھالکھ لال

ءستَیِ ءستی ہبن یَزدانَے
ژوپور پھوّل نُورِ نُورانَے

مرأزی سلامو غم مو تھاو
رحمتُک تاجدارؐ اسہِ گُن آو

دَمہِ دَمہِ روزِ اسہِ مہربانَے
ژوپور پھوّل نُورِ نُورانَے



# نفسس ءِستی

نَفسَن یوّد مےٓ گرنم زان
نَفَسس ءِستی مِلءِ ناو پان
ھُو تہِ اَللہ بیوّن مو زان
نَفَسس ءِستی مِلءِ ناو پان

یہِ مےٓ وڈن یِی گف مو زان
گَرِ گرِ یِی گرڈھ مَنہِ لَلّٰہِ وان
قُل مَن اَلیھا کالی گرڈھِ فان
نَفَسس ءِستی مِلءِ ناو پان

بیوّن مو زان نفع نوقصان
کیئڑھا پاُدِ کر کیئنہہ سامان
مورشِد پاکس رَٹھ دامان
نَفَسس ءِستی مِلءِ ناو پان

گوشن گئے مے بِلائے آذان
تئے فِلا کوٚر مے پان
اَز تام ژھین ما گوم کانْہہ آن
نَفَس ستی مِلہٕ ناو پان

سَرہے پمپوش کیاہ شوبان
عاشق وِچھنے چھیِ نیران
عشقس نہٕ صُبح نہٕ چھس شام
نَفَس ستی مِلہٕ ناو پان

زیرِ ستی زیرٕ بم چھُم وَزان
مَنہٕ ئے سوز چھُس کنۂ بوزان
دَمہٕ ستی پمپوش گژھہ پھولہٕ ناوان
نَفَس ستی مِلہٕ ناو پان

مرأزی سلامو پأد کر زان
رأضی روزی نبیؐ نُوران
دوگنیار ترأوِتھ بنی یکسان
نَفَس ستو مِلہٕ ناو پان



# دوہونی عالمن

نبین ہُنْد ژےِ سردارٗ
دوہونی عالمن ہُنْد غمخوار

ژےِ سون یاوٚر ژےِ آشکار
دوہونی عالمن ہُنْد غمخوار

ژےِ چھکھ بادٚم ژےِ غمخوار
ژےِ نِش سورُے چھ اِظہار

ژےِ سون داوٚر ژےِ دہِندار
دوہونی عالمن ہُنْد غمخوار

ذاتن آدم کوٚر اِظہار
ژورِ چیزِ مِلہِ وَن گرنس تیَار

آبہ نارٕ خاکہ بادٕس وۄہار
دوہونی عالمن ہُنْد غمخوار

ژے نِش حال میأنی چھی اِظہار
ۆصلَے ہیتھ آس ژور یار

راہ بَخشتم مےٚ بَلہٕ بیمار
دوٚنوٕنی عالمن ہُنٛد غمخوار

مألکِ کُل چُھے بَخشَن ہار
ناوِ یَس دِپان چھی پَروَردِگار

ییٚتہٕ تَے تَتہٕ چُھکھ مےٚ غمخوار
دوٚنوٕنی عالمن ہُنٛد غمخوار

مَرأزی سلآم چُھے کران اِظہار
یار تَے دوست ہیتھ دِیزیم تار

ۆصلَے ہیتھ آس عُمر آشکار
دوٚنوٕنی عالمن ہُنٛد غمخوار



# اَتھ گُن مُنتظِر

وُچھ گُرِیمَس کم گرَم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم
شاًفی لیس شفا ہر دم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

صَلوات سوزُس دم بَہ دم غم تراو روزتو بے غم
بَرسر لَلّوان گڑھ اَلَم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

نازَن تھوٚد چُھے نازنیٖنٛ گرِ گرِ روزتو با یقیٖن
تائبیٖن چھُس لوح و قلم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

وومید برتو ذاتِسے بیدار روز راٗتی راتِسے
بَنہِ یوِ یوٚد ژٕےٚ رحم و کرم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

لا تَے اِلَاللہ سَرِ کر معشوق بِہتھ چُھے ہر دفتر
وِزِ وِزِ چیشمہِ کر پُورِ تر اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

مَرأزیٖ سلامو غم ما بر نُبیسٛ چھ نُورُک اَمبَر
پیٖیہِ نا لِاللہ بر کرم اَتھ گُن مُنتَظِر روز ہر دم

☆

# رہبرَس ءستی

کر ژ بندگی بندِ پروَرس — رہبرَس ءستی تھاو زان
یار بُستھ سیرِکس گرَس — رہبرَس ءستی تھاو زان
ھُو تۂ اللہ اُکیسے وَرَس — ہر زرَس منژ چھم چانی آش
خاصانِ خاص چھم دفترس — رہبرَس ءستی تھاو زان
دَم دارِ وس منژ سَرَس — بے زرَس تور ما جاے
مایہ چانے تارے ترَس — رہبرَس ءستی تھاو زان
زاہدَس لَے چھنس پرپرَس — لیس نہ آسہِ پیا ءمژ عشقنی کژاے
وُچھتہ عاشق لگو ورَ وَرَس — رہبرَس ءستی تھاو زان
پاے چانی چھم پیٹھ سَرَس — وردِل للّوان چھس کراے
قولہِ سائِس لولہِ آیہ پرَس — رہبرَس ءستی تھاو زان
پرِتھ تکبیر گُفتار گرَس — یارِ اَسرارِی ونڈِ للّہِ ناو
مَرنہِ بروٹھے وِنہِ کیازِ مرَس — رہبرَس ءستی تھاو زان
مَرازِی سلامَس اَنہِ پرَس — ءستی ءستی چھس چونے ساے
تار دِی زبس روزِ محشرَس — ہبرَس ءستی تھاو زان



# بوزفرِیاد

دَس مےؐ رَٹھتم چھُم لول چوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد
بَرتَل رُوزِتھ اومیدوار چوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد

رَحمتُک آفتاب چھُنہٕ لوسوئے
ہرسو ژوپور ژھوہ ماران
دوہَس چھُے تابان شام نہٕ لوسوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد

اَلفک تاپر کیاہ تابہٕ ووئے
لامکہٕ لا ءستی شولہٕ ناوان
میہنک اَسرار پھول نُور چوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد

مَردَن چُھ دَردِل دَردَہ چونے
وِزِ وِزِ دَرمَن چھی لَلّہٖ وان
گولاب روے چون کیاہ تابہٖ وونے
یا نبیؐ میونے بوز فرِیاد

ی یَس تہٖ ف یَس مِیوٗل اوس پژونے
نوقطے اکہِ ءستی روشَن دژاو
نُورلنہٖ چونے کیاہ پوشونے
یا نبیؐ میونے بوز فرِیاد

پ ءستی پمپوش کیاہ پھولہٖ وونے
مَن سَر وُچھتَن کیاہ چھ تابان
وِزِ وِزِ عاشقَن شیرِ لاگونے
یا نبیؐ میونے بوز فرِیاد

رِنڈِ سئدرَس ودِڑِ لاے ووئے
دَردَس اؤن ثمِ لعلِ بے بہا
دَردِل للّہِ وان پُھس کار چوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد

مرَ أزی سلاٰم چُھے اومیدوار چوئے
خدمت گار رَچُھن دَر نار
مالہِ اَولاد ہبتھ ذِمہِ دار میوئے
یا نبیؐ میوئے بوز فرِیاد



# وُبائلی یے لو

ذاتن دِتِنَے زِ ے پوش موﺋالی
حبہٖ روز مو کر وُبألیے لو
گاہ بُستھ تَے گاہ چھے موکائلی
حبہٖ روز مو کر وُبألیے لو

مائہٖ زان دُنیاہ آمُت سائلی
ہوش کر کینثِہ تھاو ڈألیے لو
یُتھ نو نیرَکھ اتھٕ ہتھ خائلی
حبہٖ روز مو کر وُبألیے لو

دَردَن چائنی مَرد ہو گائلی
عشقن عاشق زألیے لو
دَمدارٕ یُتھ نو کرکھ دَم خائلی
حبہٖ روز مو کر وُبألیے لو

پَر دُرُودے حضُورؐ سوزتَس ڈألی
فَرموو یہٕ لا وُبألیِیے لو
باوتَس حالِ دِل کرتس حألی
حبسہٕ روز مو کر وُبألیِیے لو

خوامخوا یُتھ نو سیکہِ دِکھ زألی
نختے وَسان پَر کألیِیے لو
دَمدارِ یُتھ نو دَم کرکھ خألی
حبسہٕ روز مو کر وُبألیِیے لو

حالِ دِل ییٚمی کوٚر یارَس حألی
چَنٛد روز یوٚد چُھکھ آمُت سألیِیے
پَر دُرُودِ رَحمت سوزتَس ڈالی
حبسہٕ روز مو کر وُبألیِیے لو

سورِ سامان آیکھ بألی
شُوبان کیاہ چھ کنہٕ وألیِیے لو
کُمی جودگارَن کوٚر جود بنگألی
حبسہٕ روز مو کر وُبألیِیے لو

دوہ اکہِ وُچھمکھ پکان جتگألی
اطلاس کمبہ خاب نألیے لو
غزل خواں کأتیاہ وُچھم غزألی
حبہٕ روز مو کر وُبأ لیے لو

یارَن یار ییٔلہِ کھولنَے سألی
حال تس بأونَے سأرِیے لو
ذَر ما تھأونَے تس لاچأری
حبہٕ روز مو کر وُبأ لیے لو

مَرأزی سلامَس گُرنَے یأری
اَحوال بوز تس سأرِیے لو
یار دوست ہیتھ ستی سأری
حبہٕ روز مو کر وُبأ لیے لو

☆

# لگہس قوربانے

عید آیہٖ وێسی یے آو جانانے
پادَن لگہس قوربانے

ژوپور عالمن پھیۏر نورانے
پادَن لگہس قوربانے

عید قوربان عید ہُنٗد نشانے
دَم دَم روزتو أنزرانے

پانہٖ فرماوان یَزدانے
پادَن لگہس قوربانے

غمَس تہٖ شادے پژون یارانے
دونوے زانتگھ یکسانے

کُل مَن علیھا فان سَپدانے
پادَن لگہس قوربانے

صُبحٕ جانور چھے بولانے
گاہ بَر زمین گاہے آسمانے

دۆگنیار ترأوِتھ بنہٖ یکسانے
پادَن لگہس قوربانے

عید ہُنٗد زیۏر چھُے سامانے
گرِ گرِ پر نمازِ پنجگانے

قُل ھُو واللہ ھُو احد روز سَرانے
پادَن لگہس قوربانے

صمد ہێرِ یون چھُے بَسانے
سَر کرٕ دُور ماچھے اَکھ آنے

دَرمَن نامے نبیؐ للہٖ وانے
پادَن لگہس قوربانے

مرأزی سلام روز ۆچھانے
رنگس ستی رنگ شۆبانے

بے رنگ چھُے ژوپورسون دُردانے
پادَن لگہس قوربانے

☆

# کیاہ گُدریوم

یک ضربہِ ستی یکسان گوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

فرضہِ دائیم منہِ للہِ ویوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

اکھ تے زِمۂ انْد تراویوم
تمہِ شایہِ دۄ گنیارؤ ستھ پیوم

اللہ حاضر پہچان گوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

شۓ ضربہِ ستی منہِ للہِ ویوم
چار ضربہِ ستی باوُن پیوم

پانژہِ ستی تھاجے سون کاریوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

ترٛے ضربہِ شاہ بند تھاوُن پیوم
اڈے گہہ وچہِ کھالُن پیوم

یارن پنہِ نی رۄچھنم زوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

علمکہِ حدِ ستی کلمے پیوم
کلمے تمجید للہِ وُن پیوم

یارن پنہِ نی یی باویوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم

شاہ در دارے یام چوم
مر أزی سلامس یاد ہے پیوم

نُورک پرتو ژۄپور پیوم
ہیکہِ کس بأوِتھ کیاہ گُدریوم



# ژوپور پھوّل

ذاتَن پیدا کوّر دُر دائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
دونوِنی اَزلُک یارائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
شریعت روز تو اُترائے — غم کھبتھ گنزرِنی سیکہِ دائے
طریقت زان تو یکسائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
گُم شُد گُم گوھ راوائے — فِلا سَپدُن گرتھِ فائے
دُوریّر مو تھاو اَکھ دائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
مَردَن ءستی لاگ یارائے — موے خانہِ موے چاونے پائے
پیرِ کاءملَس رَٹھ دامائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
صُدرَس تھاہ دِتھ وَس فِلحال — دَمدار بُنٗ ءتھے کھالکھ لعٗل
ءستی ءستی ہیّن یَوٗدائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
یارَن ہوونم غاٗبِ غاٗبائے — ءتئے دَردِ نے چھم نالائے
حقیقت نِشہِ عقل راوائے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے
مَراٗزی سلامو غم مو تھاو — رَحمتک تاجدار اَسہِ گُن آو
دَمہِ دَمہِ روزِ اَسہِ مہربانے — ژوپور پھوّل نُورِ نُورائے



# معنے ژار

دون ہُنْد مِلوار چھُم ہتی سَتَن
گَتھن بیوّن بیوّن معنے ژار
بالہِ دِل نیوٗنم چائِ خوش خطَن
گَتھن بیوّن بیوّن معنے ژار

گَتھ چھے گُنی تَے بیوّن بیوّن چھومتَن
سیرِ حقّ بأوِتھ گوم مےٚ یار
تَنَے ووندِ میون آمُت چھُ سوتَن
گَتھن بیوّن بیوّن معنے ژار

عُمر مےٚ گیم ژھانڈَن چون وطن
توہہِ ما دُچھ وون مدنوار
یادِ مےٚ لوٗسِم پَتھ اَتہِ گتَن
گَتھن بیوّن بیوّن معنے ژار

آواز بُوزِتھ بُمبوُر مَتَن
یُمبرزلہِ پاتال چَھے جاے
فَصَما وَجھُو سَرے ژِگرتَن
گَتھن بیوٚن بیوٚن معنے ژار

رِندو مو کھوژ لُوکہِ گَتھن
تم رِکھو زلنہٕ نےٚ عشقُن نار
یِیلہِ تم زانَن تیٚلی مَتَن
گَتھن بیوٚن بیوٚن معنے ژار

کأتیاہ آے تَے کأتیاہ گرٛھن
کألی ژرے دَتَن تلہِ چَھے چاے
مَرأزی سلام وۄل چأنۍ محبتن
گَتھن بیوٚن بیوٚن معنے ژار

☆

# چاٸی نظر

اُلفس وُچھم لاحد تھزر
ژے نِش سَر تروُم پتھر

عالمن، ژوپور چاٸی نظر
عالمن ژوپور چاٸی نظر

چونُے زمین و آسمان
ژے نِش پیدا گو جہان

ژے نِش آدَمن لوّب تَھزر
عالمن ژوپور چاٸی نظر

تکبیر تیمٓی پوّر پانیے
کھوژی کیّاه سُه بے گانیے

چاٸی نَھف چَھم روزِ محشر
عالمن ژوپور چاٸی نظر

تظرِ چانے پھوٗل باغ میونٔے
یتھِ کیٖن زُونہِ ژوٗلمُت گروہنٔے

خطاب چونٔے سیدُ البشر
عالمن ژوپور چاٗنی نظر

نٔبیَن اوٗنہٕ نکھ سَردار نبیؐ
لاشک فَرماوان روٗبی

مُنوّر عالم گو سَر بہ سَر
عالمن ژوپور چاٗنی نظر

گونہن میانبن گے امبار
ناوِ سانے دِتہٕ اَز تار

نُورکی بُری بُری چھی دفتر
عالمن ژوپور چاٗنی نظر

مَرأزی سَلاآم آو لارانے
یار تے دوست ہتھ پرارانے

پاسے حسنینؑ کر منوّر
عالمن ژوپور چاأنی نظر

صمد ہیر بوز چھے بَسانے
سَرِ کر ڈُور ما چُھے اَکھ آنے

دَر مَن نامے نبیؐ للّٰہ وانے
پادَن لگھس قوربانے

مَرأزی سلام روز وُچھانے
رَنگن ءِستی رَنگ شُوبانے

بے رنگ چُھے ژوپور سون دُردانے
پادَن لگھس قوربانے



# گرِگرِصلواۃ

با اَدَب روزتو مو بر غم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

لَلّہ ناو دؤرُودَہ ژَلئے غَم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

بادَم روزتو ژِ دَمدار
ھُوکے جوشِہِ ستی پھولِہِ گلزار

اُلِئے قدہے ژامو خَم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

کھائن اللہ والُن ھُو
حبس ہوش رُوزِتھ بَند کر مُہہ

ژَلئے فِکرِ تے بِیئہ اَدِ غَم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

جانس مَنز ژِ لَلہِ ناو جان
معلوم سَپدی پَنہٕ ئُے پان

تس گُن سجداہ تھاو ہَردم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

کیٚاہ گو ذات تےٚ کیٚاہ گو صفات
ژِےٚ سَرِ کرتو نفع اِثبات

ژیٚے پَتھ ژھانڈان کارِ ژام خم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

مَرأزی سلاموٗ لاے تس ناد
بوزوٗن وِزِ وِزِ چھُے فرِیاد

کر نظرے کرم کیٚاہ گژھی کم
گرِ گرِ صلواۃ پر ہردَم

☆

# چھِس پانس

وأنیاہ بہتھ وُچھم دُکانس
سأری سودا چھِس پانس
زانہہ ما نظرے آو غأر زانس
سأری سودا چھِس پانس

ژونگ ییمِ زولنئے مَنز طوفانس
ژھین ما گوس زانہہ گنہِ آنس
تھف تس چیرِ چھے پیرِ دامانس
سأری سودا چھِس پانس

رَزِ پان وۆلنئے عشقہِ پیچانس
تس ما بوزنئے آو
عشقُن عاشق کھول لا مکانس
سأری سودا چھِس پانس

ح حقیقت سَئُن پانس
خ کہ برکت خِرمَن درائے
لولہِ مَتہِ لائے کرتو جانانس
سأری سودا چھس پانس

دَردِ چ مائے کیٛاہ چھے مَستانس
موے بأگراوان اوس جہانس
یِی دِکھ پانس تی غأرزانس
سأری سودا چھس پانس

تَجِید پوٛرنُے تہجد خانَس
رِنٛدَس ئستی کیٛاہ نفع نوقصانس
پِنہِ حال باوَکھ ژِھے غأرزانس
سأری سودا چھس پانس

مَرأزی سلامتس لتس بے گمانس
پایَن چانِبن تل چھس جائے
اَتھہِ روٗٹ گرِزبس ژِھے نوتوانس
سأری سودا چھس پانس

☆

# حضرتبل

جانور بولان وُچھم سأری     ہأری ترَوے حضرتبل
نٔبیسٕ پنٕنہٕ نِس باوَے زأری     ہأری ترَوے حضرتبل

عاشقَن وُچھَے عشقہٕ لاچأری     وِزِ وِزِ دِلس دوَدہ لَلّہٕ وان
دِیم دیدار ژٕلنم بیمأری     ہأری ترَوے حضرتبل

مَنٛز ڈَلسٕے وُچھ پُرخُمأری     پمپوش پھٔلِتھ آیہٕ پُرجوش
وِزِ وِزِ کرِتس دامان دأری     ہأری ترَوے حضرتبل

یارتَے دوست چھم سٔمِتھ سأری     سأری رُروزِتھ چھم باامید
ژیے گُن سأری کران وِلزأری     ہأری ترَوے حضرتبل

حضرتبل آیہٕ لاران سأری     پاسہِ حُسینؑ بوز زأری سأنی
مَرأزی سلامس کاس لاچأری     ہأری ترَوے حضرتبل



# نُورانَے

حضرتِ فاطمس زاو دُردانَے
تَنۂ عالم گوٚو نُورانَے
کُنزِ برَدار چھ جنّتس پانَے
تَنۂ عالم گوٚو نُورانَے

شاہِ علیؓ وُچھ شاہِ مَردانَے
طرفن کیاہ چھ تابانَے
ذُوالفقار عطا گرنس شہانَے
تَنۂ عالم گوٚو نُورانَے

شُوبان کیاہ نبیؐ سُند دربار
ژونوے یار چھس تابع دار
شاہِ صدیقؓ وُچھ کیاہ شہانَے
تَنۂ عالم گوٚو نُورانَے

عالمن سردار نبیؐ نُورانَے
لولہِ مَنز وُچھ چھکھ للّٰہِ وانَے
دربارِ نبیؐ وُچھ تابانَے
تَنۂ عالم گوٚو نُورانَے

درۇد صلواۃ روز پَرانے
شب شب ڈالہِ روز سوزانے
گوشو پَنۂنبو چُھے بوزانے
تَنۂ عالم گوّو نُورانے
باغن منز باغ باغِ عرفانے
اَتھ شایہِ عاشق پرارانے
دیدَو وُچھ ہون پانۂ جانانے
تَنۂ عالم گوّو نُورانے
دۆگ مُش لایُن ما گو جانے
مُقامِ سَماہ روز پالانے
پانۂ چُھ تابان سوُرے بَہانے
تَنۂ عالم گوّو نُورانے
مَرأزی سلامو روز وُچھانے
گرِ چانے چھ پرارانے
صدرس پمپوش کیاہ تابانے
تَنۂ عالم گوّو نُورانے

☆

# عَلِیؑ سون

دَرِدِکی جامے مَردَو ڈِلیے
شاندار کیاہ چھُ عَلِیؑ سون
دِلہٕ شِلہٕ لَلّہٕ ناو کارِ عَلِیؑ

شاندار کیاہ چھُ عَلِیؑ سون

حضرت وُچھ تھے حاسِد گلیے
چھکھے ژٕ مَسٔلیے شولہٕ ماران
بَر جوش آیکھ یُمبرزٔلیے

شاندار کیاہ چھُ عَلِیؑ سون

رِنڈٕ درامے گِندنے مانسٔلیے
برجوش آمٔت چھُے دٔریاو
ہوش دأرِی دِتھ مَسکی گلیے

شاندار کیاہ چھُ عَلِیؑ سون

شیرَن کار چھ کوہ پاڑلیِے
لرزے پیہ ڈیشتھ شال ژلیِے
اَنوارِ چانے بیمار ژلیِے

شاندار کیاہ چھ عؑلیِے سون

نعرہَ حاؔدر دیِتھ وُلی وُلیِے
دَر تَے دیوار وُستھ آے
ھوٚ کہِ جوشہِ ستی پمپوش پھٚلی یِے

شاندار کیاہ چھ عؑلیِے سون

اَغیار گالتن ژھلی تَے ژلیِے
رِنٛدِ وُچھ گِندنے وژلیِہِ منز ژلیِے
اِشارِ چانے طوطہِ گۓ گلیِے

شاندار کیاہ چھ عؑلیِے سون

دَر دِل للہِ وان چھکھ مَنہِ گلیِے
عاشقن چُھ للوٚن عشقُن نار
طوٗفان ڈیشتھ پتھ ما ژلیِے
شاندار کیاہ چھ عؑلیِے سون

جَلوَے ڈیشِتھ غائفِل ڈُلیے
وَر جبیٖن ما چھے تِمنے جاے
تابہِ وُنی کیاہ چھکھ عشقہِ وُزملیے

شاندار کیاہ چھُ عَلیہٗ سون

عائقلن اَکھ اِشارِ وَون مَرأزیٓ سئلیے
وَر جِگر چھی تِم سِر لَلوان
یٔندراز بُسکین چھُ پاتالیے

شاندار کیاہ چھُ عَلیہٗ سون



## نُورِنُورانئے

یام مےٛ پانس پۆر تکبیر
معلُوم سَپدِم سأری سپر
زأنی وِنی بَدلوو میون تقدیر
معلُوم سَپدِم سأری سپر

وِزِ وِزِ حکمن روز تأبعین
رأزی روزی ژیے نازنینٛ
گرِ گرِ رُوزِس لتس مُنتظِر
معلُوم سَپدِم سأری سپر

دُکان ترأوتو بازارس
سودَہ کُن تو ژے یارس
اَدِ لولہِ سازَس لگہِ یو زیر
معلُوم سَپدِم سأری سپر

یام لأیَنم عشقٕنٕ تیر
عاشق عشقن کوٚرمُت گیر
ب لیس زان تھاو بَن با ضمیر
معلُوم سَپدِم سأری سیر

غاٖفِلو مو گوٚھ ژٕے دِلگیر
معاف ژٕے کرِیو سأری تکسیر
ٲسۍ ٲسۍ ہٕبن ژٕ پَنٕہٕ نٕے پیر
معلُوم سَپدِم سأری سیر

پیرٕن تھوٚد چھُے پیر دستگیر
ییمی وِزِ وِزِ روچھِنے سیر
تَتھ شایہِ وٕسۍ پٕیہِ کم وَلہٕ ویر
معلُوم سَپدِم سأری سیر

مَرأزی سلاؔم روز طلبدار
خوفتۍ دِل سَپدی بیدار
ٲسۍ ٲسۍ دِل ہیٚتین ژٕ پَنٕہٕ نٕے أمیر
معلوٗم سَپدُم سأری سیر



# نفع نوقصان

یارس پَنہٖ نِس رَٹھ دامان
باوی نفع تَے بیٚیہٖ نوقصان

گوڑ بیٚلہٖ پیدا سَپدی یکسان
باوی نفع تَے بیٚیہٖ نوقصان

رازٕ ہوٚنز طرفن چھے پھیران
کوٚہستانَن چھے اول شیران
وُچھتو گرے ما چھے نیران
باوی نفع تَے بیٚیہٖ نوقصان

وَمدارٕ دَیچ پاڈ کر زان
معلوٗم سپدی پَنہٖ نٔے پان
عشقن عاشق لوگ وَردام
باوی نفع تَے بیٚیہٖ نوقصان

مَلک دَر فلک اَسی پراران
گتھِ ہٚنز ما اَس تہٕمن کانٛہہ زان

گتھے زانان چھی اِنسان
باوی نفع تے بیٔہ نوقصان

وَالضحیٰ روے وُچھ کیاہ تابان
وَالیل موے ژوپور شوبان

نُورچہ ژھٹہ گے حُورِ دیوان
باوی نفع تے بیٔہ نوقصان

یارِ تیٔرن سینہٕ ژے دار
سٔدرس بسکین چھُے شہمار
ژھلی مارتن بہ یک آن
باوی نفع تے بیٔہ نوقصان

یی چھُے بر زمین تی آسمان
کُل مَن عَلیھا کاٗلی گوھ فان
زأنی کارن کیاہ گرنم زان
باوی نفع تے بیٔہ نوقصان

مَرأزی سلامو وُچھ اَیان
یورِ وُچھ اورِ چھُے پنہٕ نُے پان
زَگ پرژن أسہِ زبنہٕ بیوٚن ژاران
باوی نفع تے بیٔہ نوقصان

☆

# نبیؐ تاجدار

نظرے چانے بَلۂ بیمار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار
دَگ چھس لَلۂ وان چھس بیمار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

رُٹھتم تل نالانَسے
دَگ مےٗ ژُلبم اَدِ پانَسے
وِزِ وِزِ یوٗد چھم ذِمہٕ وار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

لولا چونے چھم مےٗ کریوٗٹھ
عشقُن منزل سبٹھاہ زیوٗٹھ
کتھ تام شاپے بیوٗٹھ مےٗ یار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

یا رسُول اللہ چُھس گونہگار
اَولین آخرین چھکھ ذِمہٕ وار
شَہن تھوٚد چُھکھ شہسوار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

یوٚ دوَے أسِم اومید چانی
ہاڑنہِ تاپَے گجس دأنی دأنی
جویَن لاجنَس دَر زٕمی آر
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

مَرأزی سلاؔمو وُچھ کو بال
ژٕنے رِکتھ پأٹھی کوٚرنَے ألفس دال
باوِ کس ژٕنے سِوا چُھس وومیدوار
خبرے تیَم نبیؐ تاجدار

☆

# پیہِ ناسون

دَگ چھم پانس باوَے کس تَے
اَستَے اَستَے پیہِ نا سون
دود چُھم لَلّوُن ہاوَے کس تَے
اَستَے اَستَے پیہِ نا سون

چھِنہِ کتھِ گنْزرِنی نادانَس تَے
تَس ما معلوٗم امہِ کُے باو
کُس چُھم ژیے سِوا حال باوَس تَے
اَستَے اَستَے پیہِ نا سون

جان بازی وُچھم جانَس تَے
دُورِ دُورے چھُم کان لایان
مَردَن وِزِ وِزِ گِنڈُن نَردَس تَے
اَستَے اَستَے پیہِ نا سون

پأری پأری لَگہا تس نبیؐ یَس تَے
گاہ شُولہٕ ناوان گاہ ڈولہٕ ناوان
ہول چھُم دَر جِگر لول بَرہَس تَے
اَستَے اَستَے ییہِ نا سون

مرأزی سلامَس کم زأنَس تَے
یا نبیؐ کلمٕک کرِتس پاس
اتھٕ روٗٹ نَے گرکھ پامہٕ روزنَس تَے
اَستَے اَستَے ییہِ نا سون

☆

# گۄ یارٕ

راہ کیاہ کھولتھم غار زانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
شُوبیا دِیوٚن دَغاہ یارانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
عشقٕے اَوَل چھُم بیٚیہ آٰخر     عشقٕے ظأہر بأطِن چھُم
عشق عاشقن روٗچھ تل سایبانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
چأنی سردأری چھےٚ جِتابسٔ     بوزُن تکیا یِہٕ نادانس
گاش وَندہے بہٕ نازنین پانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
چونُے دُنیا چونُے دین     وِزِ وِزِ روز تو با یقین
یُتھ ژٕ باز دِکھ شیطانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
مُنزل عشقُن چھُ سبٹھاہ دُور     اَمی کتھِ دارس کھول منصورؒ
موٚت تےٚ فِدأے گو انہارس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس
زانن بأد یام زان زانس     پھیرِتھ آو زمین آسمانس
مرأزیٚ سلام دِیو وۄن پانس     کۄ یارٕ لوگتھس ٹھوفانس



# روبہ سُنڈ

دَہہ گُنڑراو یا گُنڑراو گہہ
روبہ سُنڈ سوڑے چُھے دَسگاہ

روبے بُستھ چھے ہر جا بہ جا
روبہ سُنڈ سوڑے چُھے دَسگاہ

سُے چُھے اَوَل سُے آخر
سُے چُھے ظاہر تَے باطِن

تسکُن گرِ گرِ پَرتو ثنا
روبہ سُنڈ سوڑے چُھے دَسگاہ

روبہ ہے ستی کرتو مِلوار
ساریہے یوٚ دوَے بنہِ یو تار

روبہ ہے ستی روز بَہ ہر جا
روبہ سُنڈ سوڑے چُھے دَسگاہ

روبہ ہے ستی روزُن جان
کُل مَن عَلَیھا قائی گڑھِ فان

اَتھ چھے پانئے خدا گواہ
روبہ سُنْد سورُے چھے دَسگاہ

یارَن یارَس کوْرنے سال
دَمہِ بأوِنَس سأری حال

وُچھتو اَمہِ شایہِ ژھاے ما کانْہہ
روبہ سُنْد سورُے چھے دَسگاہ

مَرأزی سلام چھے لایان ناد
ِللہ بوز تو سأئی فریاد

چونُے غولام سَپدیا گدا
روبہ سُنْد سورُے چھے دَسگاہ



# بازرِ پھیرِ نوونس

سَرِ راہ یأرِی ترووِنس    بازار پھیرِ نوونس
کم رنگ بۂ وُچھنوونس    بازار پھیرِ نوونس

دم دأرِی دم دیوونس    دیدَو بۂ وُچھنوونس
دامان ما ترووِمس    بازار پھیرِ نوونس

رنگروان رنگۂ نوونس    رنگس ءَتی مِلۂ نوونس
ڈبِے وانۂ دم دیوونس    رنگس ءَتی مِلۂ نوونس

یار بل چھوکۂ نوونس    ءَترنیار دِیاو نوونس
ژَنڈن دار زال نوونس    بازار پھیرِ نوونس

سیٖکی سون بۂ ژار نوونس    تھاجے کار نوونس
گہہ وَچۂ کھال نوونس    صرافن بۂ گر نوونس

ضرب وان ضرب دیوونس  بازار پھیڑ نوونس
دلنہٖ ماٗ ملہٖ نوومس  بازار پھیڑ نوونس

دیدَو بہٖ یار وُچھنوونس  کوچہٖ بازار رِفرنوونس
نختے بہٖ لوس نوونس  بازار پھیڑ نوونس

سلام مَرأزیٓ تمبلوونس  جلوہ بہٖ وُچھنوونس
وۄن دِتھ حال بوومس  بازار پھیڑ نوونس



# آوژوپاٸری یے

عیدِ میلادس لگہ ہا پاٸری
نُوران چون آو ژوپاٸری یے
مرِدے دَردن چاٸی ماٸری
نُوران چون آو ژوپاٸری یے

نبیسؐ ستیٗ بہتھ یار ساٸری
پزرس صدیقنؓ گر تن داٸریے
اَبُو جہل زولنے حسدِ کی ناٸری
نُوران چون آو ژوپاٸری یے

حضرتِ عُمرسؓ آے یۆد باٸری
اَذان گیہ ژوپاٸری یے
بِلالِ حبشیؓ اوٗنگھ ژاٸری ژاٸری
نُوران چون آو ژوپاٸری یے

عثمانِ غنیؓ یوّد باپاأری
کاأڑا چھس دُنیا داأری یے
وڈلمُت یُس چھے چاأنی اَنہاأری
نُوران چون آو ژوپاأری یے

حضرتِ علیس ؓ دِژِن موختاأری
کاأڑا چھس اِختیاأرِ یے
زینت دِژِنس چھے در باأری
نُوران چون آو ژوپاأری یے

حضرتِ نبیؐ یوّد اُنن تھزاأری
تاأبین چھس ژوپاأرِ یے
اَکھ لچھ ژوڈ ہہ اُنکھ ژاأری ژاأری
نُوران چون آو ژوپاأری یے

یأرِ گر یارس دعوت دأری
ملک در فلک اِنتظأرِیے
دمہ دمہ سپر تس بأوِنے سأری
نُوران چون آو ژوپأرییے

مَرأزی سلآمو لگ تس پأری
گُرنے پانہٕ ہُشیأرِیے
غم تراو اَند گُن کانہہ نہٕ ژٔے پوری
نُوران چون آو ژوپأرییے



# اَز کرم

گرِ گرِ دِوان چُھس چأنی دم
یَلہٖ متہٖ تراوتم اَز کرم

پاسے لِاللّٰہ کاستم غم
یَلہٖ مَتہٖ تراوتم اَز کرم

بِاللّٰہ چأنی اومید چھم
رحمت پَنہٖ نی زیرِ تھاوتم

ذاتن دِتُمت چُھے کرم
یَلہٖ مَتہٖ تراوتم اَز کرم

وَلنۍ بہٖ آمُت چُھس ژوپور
وَنتم پیرو لارے کور

ژوپور بُری بُری چھم فکر و غم
یَلہٖ مَتہٖ تراوتم اَز کرم

ِللّٰہ اومید چأنی چھم
یُتھ نو نا وومید تھاوہم

اَولادِ صالح سوز یکدم
یَلہِ مَتہِ تراوتم اَز کرم

ژیے نِش آمُت چُھس فریادی
لِاللہ میانِین غمن کر شادی
کاستم زُلم تَے سِتم
یَلہِ مَتہِ تراوتم اَز کرم

جولے میون بر دم بہ دم
ژےٚ رؤس بہٕ باوے کس سِتم
پاسبان چُھم غوثُ الاعظم
یَلہِ مَتہِ تراوتم اَز کرم

وۄلُمُت بہٕ چاْنی دَردَنے
روے تھوٚمُم تل پردَنے
ذاتس مَیسر چُھے لوح و قلم
یَیلہِ مَتہِ تراوتم اَز کرم

مرأزی سلاؔم آو لارَنے
ڈیڈِ چانہِ تل چُھس پرارَن
اوٚش کنہِ خُون ہاران دم بہ دم
یَیلہِ مَتہِ تراوتم اَز کرم

☆

# نبیؐ تاجدار

اَز بِستر چُھس خود بیمار
تھوٚد مےٚ تُلم نبیؐ تاجدار

مو کر پانو ژٕرے گُفتار
تھوٚد مےٚ تُلم نبیؐ تاجدار

دیدَو پَنٕہ نو ہِکوٚرُم دیدار
گری اُبِستھ چُھم تاجدارؐ

بیوٚن بیوٚن سَرٕ کوٚرمے یار
تھوٚد مےٚ تُلم نبیؐ تاجدار

تھپھ وارٕ گری زِبس دامانس
پَنٕہ نِس تھدِس شہانس

کاٹی کُس روزِ یَتھ سمسار
تھوٚد مےٚ تُلم نبیؐ تاجدار

بأونم مےٚ کتھ یارَنے
بأوزبم دِل ہُشیارَنے

نِتے کران چھی چھوٚن گُفتار
تھوٚد مےٚ تُلم نبیؐ تاجدار

پر پر ءستی کیاہ سَنا گوّو
وُچھتو کاٹہہ ما پالیں پیّو
خامخواہ کران چھی نخّے پیار
تھوّد مےٌ تکبم نبیؐ تاجدار

نبین تھوّد سَردارِ نبیؐ
فرماوان لا شک رؤبی
پَنہِ نی گری کر انتظار
تھوّد مےٌ تکبم نبیؐ تاجدار

لا شک سیّد بن تَے سادنے
نظراہ گرِزبم اَولاد نے
پاسہِ حسنینؓ دی زبکھ تار
تھوّد مےٌ تکبم نبیؐ تاجدار

دامانس تل تھاُوزبم
کائنسہِ نا اتھِ دار ناُوزبم
پانہے تھاُوزبم اومیدوار
تھوّد مےٌ تکبم نبیؐ تاجدار

فرموئے ژیے پہ رؤبی
گری پَنہٖ نے غارتن نبیؐ

تس رؤس کائسہِ ما بیٚیہٖ ژ لار
تھوٚد مےٚ تُلبم نبیؐ تاجدار

مرأزی سلآمو گرِ چھُے یار
دِتُنے تیٚمی ژےٚ پُٹن دیدار

بِستر خود چھُکھ ژے بیمار
تھوٚد مےٚ تُلبم نبیؐ تاجدار



# جویَن پھیرِ نوونس

وَنہٖ کس یارن کتہٖ بہٖ تروونس
بیوٗن بیوٗن جویَن پھیرِ نوونس
رِنْدنہٕ ستیٚ زندگی ہیچھ نوونس
بیوٗن بیوٗن جویَن پھیرنوونس

کونٹر ناغے تَن ناو نوونس
عشقُن سبق پرٚ نوونس
مَنٕے حقّ سپر ھُو پرٚ نوونس
بیوٗن بیوٗن جویَن پھیرِ نوونس

مَنز رٕمی اَری تار دیاونوونس
سکھ تہٕ سون بیوٗن بیوٗن ژارنوونس
عشقہٕ تھاجہٕ مَنز سون کارنوونس
بیوٗن بیوٗن جویَن پھیرِ نوونس

دارَس پَنۓ نِس نار بۓ دیوونس
أتھی شایہِ اَن بۓ پر نوونس
نارس سؤر گوم تام پرکھونس
بیؤن بیؤن جویَن پھیرٔ نوونس

دَمۂ ٸستی غم کھبتھ سٸدرس وولنس
ژَھلۂ ٸستی اغیار گال نوونس
أچھ دَہہِ پھِرِ لال کھال نوونس
بیؤن بیؤن جویَن پھیرٔ نوونس

ڈُچھ غم رؤس ما زاثہہ کھیاو نوونس
صُمُن بُکمُن کرِ نوونس
فَھُم لا یَر جِعُون پر نوونس
بیؤن بیؤن جویَن پھیرٔ نوونس

مرأزی سلآم یام تَشہِ نوونس
زاشہہ ما یَلہٖ تروونس
کلمَے تَجمِید من پرنوونس
بیوّن بیوّن جویَن پھیرٖ نوونس



# گوش گزار

وَنان چُھس بو وِلزار روزتم گوش گُزار
مےٚ چاٲنی کل چھےَ بار بار روزتم گوش گُزار
مےٚ بوو تھم گفتار تِتہٕ للّہٖ وان بہٕ نار
پۆت پھیرِنس ماچُھ وار روزتم گوش گُزار
بہٕ دَر بَنْد چھس دَر مینار مےٚ کرتم ژٕ موکجار
کران ژےٚ بہٕ زار پار روزتم گوش گُزار
بِہتھ چُھکھ ژٕ دربار ذرا ما چُھے ژےٚ عار
خاصانہٕ خاص تاجدار روزتم گوش گُزار
گیم ضایہٕ جوٲنی مے کرتم نظرِ ثانی
بَلےٚ یۆد بہٕ بیمار روزتم گوش گُزار
تھوٚوتھ کوتاہ ژےٚ بار مے ما کۆر اِنکار
بہٕ چھس لولہٕ ہۆت بیمار روزتم گوش گُزار
مراٲزی سلامس خاص غولامس چھہم ژٕ تن دار
دِم یۆد مےٚ تار روزتم گوش گُزار

☆

# دیدَ د وُچھہن

دَربارِ مُصطفٰےؐ گڑھ لاران
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

تس تہٕ مے پروُنے چھے یاران
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

غاۓفلو مو گڑھ زیادٕ فِکرن
وِزِ وِزِ کاۓم ہیوٚ ژٕرے ذِکرن

حالہٕ دِل چھُے فرماوان
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

اَزلے کرتم ژٕرے یاۓری
یار تے دوست ہبتھ ساۓری

یُتھ نو تھاوہم زانٛہہ پریشان
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

یارس پَنہٕ نِس روز مُنتظِیر
دَمہٕ دَمہٕ باوی سأری سپر

اَدٕ ما روزَکھ ژٕرے پشیمان
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

پَنہٕ نے ترٕیکرے مو تھاو سنگ
تس چھی معلوم سأری رنگ

مألکِ کُل چُھے پانہٕ یزدان
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

مرأزی سلامتؔ وُچھ یاران
مُلِک صأبنہٕ چُھے پراران

اَتھ رَبابس تارٕ شیران
دیدَو وُچھہن نبیؐ نوران

☆

# دُنیاہس آو

شاد روز کاشریو غم غوصہِ تراو
حضرتِ محمدؐ دُنیاہس آو

تتَے آدمس لوگ چلے جاو
حضرتِ محمدؐ دُنیاہس آو

ذاتہِ پاکس یِی اُس مرضی
دُنیہائس اوٗنہِ نَے رسُولِ عربیؐ
بُستی اندر بسکین ژاو
حضرتِ محمدؐ دُنیہائس آو

مارِ موٗت طرفن پھیرنے دژاو
تہیٗت پوٗک یُوتاہ پوشس نہِ واو
یِیتہِ گۓ اوس تَے توٗتے دراو
حضرتِ محمدؐ دُنیہائس آو

گرِ کر یارس تن دأری
باوی سُے کیاہ گُے وفادأری

ستی روز کارس پران بدلاو
حضرتِ محمدؐ ڈیہأس آو

چانہِ پنہٖ شاد کٔوت گوٚو عالم
غأفلو روزتو ژٔرے بے غم

بۄزِتھ ملکن تھر تھر ژاو
حضرتِ محمدؐ ڈیہأس آو

ملکو کوٚتاہ تُلُے شور
خوامخواہ آدما اوٚنہٖ نُے یور

تھرٕ ژاے پوٚتلبن وٕستھ آے
حضرتِ محمدؐ ڈیہأس آو

مرأزی سلامؔ چھُے حال باوان
یا نبیؐ گوشو چھُکھ بوزان

جلوٚے چونُے ژوپور دژاو
حضرتِ محمدؐ ڈیہأس آو

☆

# شاہِ جیلانیؒ

سوکھس تے دوکھس پروون یارانے
شاہِ جیلانیؒ وندیو جان

سون تے سرتل چھے گنزرانے
شاہِ جیلانیؒ وندیو جان

کہہ وچھ گھستھ بیوٚن نیرانے
دوشوٚنی گُنے چھکھ ملوار

دمہ دمہ کارِ علیؑ گوھ للٰہ وانے
شاہِ جیلانیؒ وندیو جان

حسنؑ حسینؑ ستی لاگ یارانے
فاطمہؓ روزی مہربانے

جدِّ پاک یہنُدے نبیؐ نُورانے
شاہِ جیلانیؒ وندیو جان

ژونہٕ ڈٔبہِ بُستھ وُچھم شاہ پانٔے
ژٕوپور طرفن تابانٔے
پیٚتی گٔژہٕ تٔے تٔتہِ گاش نیرانٔے
شاہِ جیلانٔے وَندیو جان

شِو تٔے شیطان اٙ رٕگتھ یارانٔے
اٙکھ اٙ رٕکس رُوزِتھ چھی ہمراہ
اٙزلن شیطان کوٚر رٕگرفتارٔے
شاہِ جیلانٔے وَندیو جان

شیطان وٚلنہٕ آو منز طوٗفانٔے
منز سر گاٸژ چھس ویرِ ناو
آمہٕ پٔنہٕ سٔدرس ناوِ گوٚڈ لمانٔے
شاہِ جیلانٔے وَندیو جان

سٔدرس اندر لعل تابانٔے
کٕس ہیکہِ پٔچھارٕتھ لعلِ بے بہا
زاہد موخٕتس سبکہِ چھی وَنانٔے
شاہِ جیلانٔے وَندیو جان

بغداد لاڑہا چُھس ما ہبکانَے
نظرے چانہِ گڑھِ دُور طوفان
رحمتجِہ اومید چھنہِ سورائے
شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
مرأزی سلامتؔ کر احسانَے
یار تے دوست ہبتھ آو لاران
وِیڑ چُھس گومُت در پریشانَے
شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
اولیاہن انبیاہن سَر چُھکھ پانَے
چونے احسان ما سورانَے
شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
یا نبیؐ دُور گرِو سون طوفانَے
سوُرے پریشان گوُمُت چُھم قوم
فِکرِ دُور تھاو تھر ژَلہِ پانَے
شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
مَرِدے وَلنہِ آیہ دَرِدک شانَے

ژيے ہَیوٗ نُنڈ٘ بون بیٖیٖہ ما کاثہہ
ژيے چُھے رأزی پانٕہٕ یَودائے

شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
عاأرِف تہٕ عاشق ژيے کُن وَدائے

سانہِ جانانَے دَماہ روز
سلامُن قولوون روز بُژرائے

شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان
شاہِ علیؑ شاہِ مَردانے

حسنؑ حُسینؑ چُھس ہمراہ
مرأزی سلامؔ چُھے ناد لایانے

شاہِ جیلانیؒ وَندیو جان



## پِتۃِ بر کرم

رِندن چَھ زندگی فِکر تۃ غم
پاسہِ لِللّٰہ پِتۃِ بر کرم
وۄمید چأنی چھم ہر دم
پاسہِ لِللّٰہ پِتۃِ بر کرم

چونٔے زمین تَے چونٔے چُھ دم
پِتۃِ چانہِ عالمن ژۄل غم
سرخم گرِتھے وارِ رَٹھ دم
پاسہِ لِللّٰہ پِتۃِ بر کرم

حُسنن چأنی نیوٚنم دِل
زالہِ لأجتھس زَن رَبہٕ گِل
دَردِ دِل لِلّٰہٕ وان چھس سِتم
پاسہِ لِللّٰہ پِتۃِ بر کرم

ہر جایہ چونے چھے مُقام
وَنتم کمہِ شایہ کرِ قیام
ہر وِزِ دِوان گنزِرکی دم
پاسہِ لِلّٰہ پتہٖ بر کرم

لولُک کستوُر چھ بولان
قولہِ سارِ لوتھس کیازِ دَرِدام
پیٚتہِ کھو تتہِ چائیٚ لادَن چھم
پاسہِ لِلّٰہ پتہٖ بر کرم

تھزرس گھستھ لایہٖ بہٖ ناد
وِزِ وِزِ بوزتم میانیٚ فریاد
نتہٖ ما غاٰفِل کرنم مےٚ زَم
پاسہِ لِلّٰہ پتہٖ بر کرم

مرآزی سلاؔم چونے غولام
للّٰہِ وان دَردِل چونے کلام
چاوتم موے کیاہ گوھی کم
پاسہِ لِلّٰہ پتہٖ بر کرم



# ءستی یارس

تار دِیوہ ہر تارس ءستی یارس تھاو زان
اَشہِ کنہِ بہِ خُونہِ دل ہارس ءستی یارس تھاو زان

موّت کوّرنس انہارس داوِ لوگنس سر تا پاے
چھا موکہِ جار عشقہِ نارس ءستی یارس تھاو زان

چُھس بہِ شیدا دیدارس تاڑی دؤپنم اُتی پرار
حضرتِ بل کس بونہِ شہجارس ءستی یارس تھاو زان

ہال باُوِم دل ہُشیارس نادارس ما چُھ جاش
چُھے علمدار مَنز ژارس ءستی یارس تھاو زان

یارِ ہِنڈِس گُفتارس وِزِ وِزے کن ژِ دار
واتہِ ناوی ہر دربارس ءستی یارس تھاو زان

وات سوخنس تے اِشارس     بر تو مامے ژِ ھُو کارس
زان اَمہِ چی وأصِلہِ کارس     ءستیٔ یارس تھاو زان

وأقفہِ زِرات نِش زمیندارس     پُور مامے سگ تارس
یُتھ نوپھیُر گوھی شاہ کارس     ءستیٔ یارس تھاو زان

کار آسان نِش کار دارس     تتہِ شُمار ما امبارس
دارندسلام مرأ زیٔ بہتھ دربارس     ءستیٔ یارس تھاو زان



# بااقبال

کیہن کیٹھہ نس بوؤے حال
کیٹھہ نَے زائُن با اقبال
کیٹھہ نس ءستی روز ناٗلی نال
کیٹھہ نَے زائُن با اقبال

پَنٖہِ نِس زِرالتس کر لاگنَے
وَلکی غوصہِ غم دُور ژلنَے
فَصلاہ نیری بِلا زَوال
کیٹھہ نَے زائُن با اقبال

باغس پَنٖہِ نِس وُچھکھ سبزار
دم رَٹھ پانس وُچھ اَنوار
یُتھ نو زال باز لاگی زال
کیٹھہ نَے زائُن با اقبال

دَردَن بۂ ؤجنس نألی نال
مےٚ ژیے ژھانڈان گوم یۂِ کال
ژے میون مُڑ تَے ژے میون مال
کیثِہ نَے زانُن با اقبال

وَنتو کیثِہ نَے کیاہ سَنا گوٚو
نادان کونۂ سَنا پایس پیٚو
تانٛی مےٚ سَپدیوم أِلفَس دال
کیثِہ نَے زانُن با اقبال

پَنۂ نُے پان ژٕ تھَزرس کھال
بُمبۆر لأگِتھ یُور اَتھ وال
ژےٚ رۆس ما بوۆم کأٹسہِ حال
کیثِہ نَے زانُن با اقبال

زأہِد چُھ ناحقّ ماران ژھوہ
تس چُھ گومُت ہارَس پوہ
گرِ گرِ تس چُھے خوٚشک سال
کیثِہ نَے زانُن با اقبال

صاف ڑے تھوتو گنڈ سُم سان
تاکید سپدی پنہ نے پان
تارے ترُن چھے لا محال
کیئشہہ نے زانُن با اقبال

گُنی کرتو زیو تے تال
مرأزی سلام چھو باوان حال
نوقطہٕ لللہٕ وان گومے یُوکال
کیئشہہ نے زانُن با اقبال



# کیازِ لوگنس

ژ پرژھ تو واوَہے کیازِ لوگنس داوَہے
بہٖ حالِ دِل باوَہے کیازِ لوگنس داوَہے
ثُمرِس تہٖ کاوَہے ذات فر کاوَہے
حقّ سپر ھُو للّٰہ ناوَہے کیازِ لوگنس داوَہے
رازٖ ہوثو دَم دِتھ دراوٖے عالمن فیرِتھ آوٖے
ہی بہٖ وَتھراوَہے کیازِ لوگنس داوَہے
لَچھ بُدی ناو تَہے عالمن ستی مِلاو تَہے
حال باوان زأنی کارَہے کیازِ لوگنس داوَہے
نارَس تے واوَہے مِیوٗل کتہٖ دراو تَہے
ژاو مَنز یکسانہے کیازِ لوگنس داوَہے
حال بوز مرأزی سلامہے اومید چأنی چھےٚ تَہے
دادِ چانہٖ سَدیوس بَہے کیازِ لوگتھس داوَہے



# بَخشن ہار

پرواہ کیّاہ لتس یُس چھِ کس دار
مألِکہِ گُل چھ بَخشن ہار
با اومید روز بن زَر دار
مألِکہِ گُل چھُ بَخشن ہار

لیس آسہِ رأضی پنہٕ نُے یار
پھیران سُے چھے ہر دَربار
ژُوپور عالمن ہُنٛد غمخوار
مألِکہِ گُل چھُ بَخشن ہار

زأنی یأرِ وٗنہٕ نم بن زأنی یار
ڈُنگہِ وَس سٔدرس بنکھ ہُشیار
دم دِتھ کھالکھ موٗختہٕ ہار
مألِکہِ گُل چھُ بَخشن ہار

شب و روز روزتو شبہِ بیدار
رِنگدن آسان چھے یو ہے کار
سِر پاٗٹھی زالتو ژندن دار
ماٗلِکہِ کُل چُھ بخشن ہار

درِ فُرقان سر گوڈنچ سِپار
یارِ ہندبن تیٚرن روز تن دار
اَزلَے سپدکھ بختاوار
ماٗلِکہِ کُل چُھ بخشن ہار

لوٗلکس ربابس تارے چار
زیٚرس منز چھےٚ پیٚنچ تار
شاہ پھیوٗر یِنہِ گوٗھی روز ہُشیار
ماٗلِکہِ کُل چُھ بخشن ہار

مرأزی سلامو دِل موہار
تارس تاری ژےٚ سردار
گرِ گرِ روزتو ژےٚ اومیدوار
ماٗلِکہِ کُل چُھ بخشن ہار



# اَزوَلہِ سون

ژٔے کُن سأنی چھے اومیدوأری
لگَے پأری اَز وَلہِ سون
اَتھ وَتہِ وُچھَے لاران سأری
لگَے پأری اَز وَلہِ سون

آدمؑ لدنک کرنے تیأری
گٔژہِ ژٔج عالمن نُوران آو
حضرتِ آدمسٔ ژٔج لاچأری
لگَے پأری اَز وَلہِ سون

بازار بِہتھ وُچھم باپأری
مالا وُچھمسِ بے شُمار
ساسن وُچھمس کیاہ خُریدأری
لگَے پأری اَز وَلہِ سون

جَلوا چونے وُچھم ژوپأری
ہر موکھ ژِے چھُکھ گاشراوان
رِنْدَو کتھِ چانہِ گر تن دأری
لگَے پأری از وَلہِ سون

دربار ہِتھ وُچھِے دربأری
سرکار آمُت چھُس فرمان
پیغام آم مےٗ نمبل ہأری
لگَے پأری از وَلہِ سون

روز با محنت زانہہ نو سوری
وِزِ وِزِ روزتو دِل بیدار
حبہِ روز یُتھ نو شیطان پوری
لگَے پأری از وَلہِ سون

مرأزی سلامو منگ لس یأری
یُس چھُ رُوزِتھ کشتی بان
غأر زانس ژےٗ گرئے زانگأری
لگَے پأری از وَلہِ سون

☆

# بَٹہِ کوٗر

کر پَنہِ نِس آدَن یارس لَے
بَٹہِ گوری وَٹہِ کنہِ منٛز چھے دَے
کر پوٗزا یارس پَے در پَے
بَٹہِ گوری وَٹہِ کنہِ منٛز چھے دَے

اَولَے ژٕ گرِتھے آکھ بَے
پَر اومسوٗ پیدا سپدی لَے
ژانگہِ زال شریرٕ وزی دَرِدٕ نَے
بَٹہِ گوری وَٹہِ کنہِ منٛز چھے دَے

سِرٕ پأٹھی تُلہِ مُل وَس سرانس
پوٗشہِ پوٗزا کر ژٕ بھگوانس
ژٕلی یۄد پأنی پانس خَے
بَٹہِ گوری وَٹہِ کنہِ منٛز چھے دَے

رام رُوزِتھ وُچھے روبہ خانس
فنہِ ءستی باُزی دِیہ شیطانس
کم بانس یُتھ نے تراوکھ وے
بٹہِ گوری وٹہِ کنہِ منز چھے دے

گرِ آیس نیرِتھ بہٕ دھرمے
لانہِ لکبھتھے اوسُم یِی کرمے
کم زانس چھے ما اَمہِ چی پے
بٹہِ گوری وٹہِ کنہِ منز چھے دے

دَمہِ دَمے کر ژِ یوگ پانس
اَدِ محرم سَپدکھ بُت خانس
بُسکِین در بُسِتھ چھے ہر شے
بٹہِ گوری وٹہِ کنہِ منز چھے دے

مرااُزی سلام یارس لگو پاری
تیمی ہو ژٔنے گرنے وااَصِل کاری
بوونے یوّد ژٔنے اَصلک پے
بٹہِ گوری وٹہِ کنہِ منز چھے دے

☆

# ILHAM-e-HAQ

## Kashmiri Poetry Collection

by



**Late Ab. Salaam Marazi**

مرحوم عبدالسلام مرازی اۆسی شہرِ سرینگرِ کِس صفاکدل علاقس منٛز روزان۔ درویش صفت تہٕ خدادوست انسان اۆسی۔ لۆکن ستی اۆسی نیک سلوک ورتاوان۔ یِم اۆسی لول، محبت، بھاے چارٕک درس دِوان۔ شاعرانہٕ صلاحیت اۆسکھ ازلے باگہِ آمٕژ۔ یٕمِس کلامس اۆسی خداشناسی ستی ستی انسان شناسی ہُند پرچار کران۔

دردِس کتاب "الہامِ حق" چھِ پیٚنٛزٕ شیٖیم شعرٕ سۆمبرن۔ یہِ کتاب پران پران چھُ قارِیس اکھ عجیب کیفیت سپدان۔ کتابہِ منٛز شأمل کلام کوٚر گوڈٕ محترمہ فاطمہ جی جمع تہٕ پتہٕ دِژنس کتأبی صورت تاکہِ مرحوم ہٕندی مُرید کرن امہِ کلامہٕ نِشہِ فأیض حأصل۔ اللہ تعالیٰ ہس کُن چھُ دُعا زِ سہٕ بناوِن اُمس درویش صفت انسان ہٕندِس کلامس عام لۆکن باپتھ مشعلِ راہ۔ آمین

**محمد ایوب میر (نعیم کرناہی)**

(ایڈیٹر پہاڑی)

کلچرل اکیڈیمی سرینگر

Designed by
Jameel Ansari